# فہرست

**Hari Krishan Kaul** : A monograph in Kashmiri by Ratan Lal Shant on the Kashmiri writer. Sahitya Akademi, New Delhi (2015) , Rs. 50.

گوڈنیک چھاپ: 2015



ساہتیہ اکادمی

صدر دفتر:

روندر بھون 35، فیروز شاہ روڈ، نئ دِلّی 110001

سیلز آفس: سواتی مندر مارگ، نئ دلّی 110001

علاقائی دفتر: 4 ڈی ایل خاں روڈ، کلکتہ 700025

172 ممبئ مراٹھی گرنتھ سنگھرالیہ مارگ، دادر، ممبئ 400014

گنا رلبڈنگ، دویم پوٚہر 304-305 انا سلائی، تینام پیٹھ، چنائی 600013

سینٹرل کالج کیمپس، ڈاکٹر امبید کر ویدھی، بنگلور 560001

مول: 50 روپے

ISBN : 978-81-260-4629-4

Website : www.sahitya-akademi.gov.in

مطبع: وکاس کمپیوٹر اینڈ پرنٹرس، دہلی 32

# مێون یہِ مُطالہٕ

ظاہر چھُ زِ ہری کرشن کولس پێٹھ لێو کھ یہِ مقالہٕ مےٚ ساہتیہ اَکادمی ہِندِس ونہٕ نَس پێٹھ تہٕ کاشرِ زبانٕ ہُنٛد یہِ طرحدار افسانہٕ نِگار مولانکوٕنچ تحریک میج مےٚ یاتھ تحریکہِ لُج زیرِ اَکادمی ہِندی ڈٔسی۔ مطلب پننہِ باطنی تخلیقی چارٕ کنی یا ہری کرشن کول سِنٛدِ تخلیقہٕ ستی مُتأثر گژھنہٕ کنی تُل نہٕ مےٚ قلم۔ عیاں چھُ لی۔ وون گو بہٕ کرٕ یہِ تہٕ قبوٗل زِ مےٚ ووت کینٛہہ کال یہِ خیال دِلس بےقرار گران ہری کرشن کولس ہِوِس اہم تخلیق کارس پێٹھ رژھاہ مُفصل تہٕ مدلُل لیکھُن چھُ مےٚ فرض۔ اِو کنی نہٕ زِ سہ اوس مےٚ واریاہ کالُک دوست بَلکہِ یێلہِ مےٚ سانِٹن ترٛن اَہم افسانہٕ نِگارن اخترِ محی الدین، امین کامِل تہٕ بنسی نردوشس پێٹھ طویل مضموٗن لیکھی ہری کرشن کول رٕتھ کنی ہیکہٕ نہٕ نظر اَنٛداز کرِتھ۔ یہِ خیال تہٕ احساسِ فریضہٕ اوس مےٚ آورٕتھے زِ اِتفاق سپُد۔ صِرف ساہتیہ اکامیہِ ہُنٛدے خط آونہٕ مےٚ بَلکہِ برٛونٛٹھ تہِ اوس مێیہ جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمہ طرفہٕ تِتھے استدعا کرنہٕ آمُت زِ مونوگراف لیکھ۔ یہِ زانٛہ مےٚ کیاہتام دِیہِ گتھ۔ مےٚ دیُت اَچھ وٹِتھ دوشونی آنکارس منٛز جواب۔

بہٕ کرٕ یہِ مونوگراف پرَن والین دوستن گوڈے گُذارِش زِ مہربانی کرِتھ پرِی زِ بو مێانی یِم دوشوے مونوگراف۔ ساہتیہ اکادمیہ ہُنٛد تہٕ کلچرل اکیڈیمہ ہُنٛد تہِ۔ دوشوٕے کِتابو ستی گژھِ توہہِ بےشک ہری کرشن سنٛزِ زِنٛدگیہ تہٕ تخلیقس ستی تعارُف، اطلاعاتن گژھِ دربرٕ تہٕ تأیید حاصِل تہٕ وومید چھَم زِ ہری کرشن کول سمجنس میلہِ مدد۔ توٚہۍ وُچھِو پانے زِیمو دوشوٕے منٛز چھَنہٕ اکھ دوٚیمِس کاپی۔ اَکس منٛز چھُنہٕ دوٚیمکہِ بیانٛک دوہراو۔ کوٗشِش چھےٚ یہِ زِ اَکس تحقیق پسنٛد پرن وٲلی سِنٛدِ خاطرٕ

گرٛھن یم دۄشوٕے مونوگراف برابر اہم تہٕ فأیِدمَند سَپدن۔

بہٕ چھُس یہِ زأنتھ زِ اَکی وقتہٕ أکِس أدبٮ۪س پیٹھ زِ کِتابہٕ لیکھنہٕ تہٕ تمہٕ اکھأ کِس نِشہِ بلکل مختلف آسنہٕ چھُ اکھ سَبٹھاہ مُشکِل تجویز تہٕ یہِ بنیوو میانہِ خأطرٕ اکھ چیلنج۔ مےٚ اوس اکیڈیمہٕ ہِنٛدِ مونوگرافہٕ خأطرٕ گوڈنیک باب تقریباً اَڈلیو کھمُت ییٚلہِ اکادمیہ ہِنٛد نامہٕ ووت۔ مےٚ کۆرتھیہ زِ یہِ دۄہراوُنہٕ کتھ۔ نفر چھُ سُے افسانہٕ تہٕ چھُ سُے مگر تخلیق کارس ہیٚکہِ بعضے اکہِ زیادٕ نظرِ تہٕ مُطالہ کرنہٕ یتھ، یہِ کتھ گیہِ مےٚ پیٹھ اتھ دوران واضیح۔ اَوے تہٕ کۆر مےٚ ہری کرشن کولس پیٹھ سنجیدٕ تحقیق کرن والین عرض زِ تم پرن یمہ دۄشوٕے کِتابہٕ۔

ہیٚر کنہِ کِس یتھ ذِکرس کڈِ یہِ ہَنا پھُٹ۔ ہری کرشن کول اوس مےٚ دوس سَنہٕ 53 پیٹھ ییٚلہِ یہِ کٔشیرِ ہِنٛدِ ہندی ساہتیہ سمیلن ناوِکِس تنظیمس متعارف گوس۔ ہری کرشن اوس اورِیوان تہٕ اتہِ چِھن ہفتہٕ وأری مجلِسن منٛز کُنہِ کُنہِ پٔنٛن ہندی افسانہ بوزٕناوان۔ سہٕ اوس مےٚ ژور وٕری زیٹھ تہٕ بیٚہ ژور پانٛژھ وٕری۔ أسِس قلم ازمان گأمتی۔ بہٕ اوسُس أمِ سِنٛدِ تمہٕ معجزٕ ستی مُتأثر گرٛھان یُس سہٕ مانوس صورتحالس پننہِ سادٕ بیأنی ستی پأدٕ کران اوس۔ میہِ أسی پانہٕ تہٕ کینٛہہ افسانہٕ لیکھمتی تہٕ سمیلن چِھن محفِلن منٛز پرِٛمتی۔ ہردے کول بھارتی، اُمیش کول، دیپک کول آو پتہٕ پیہان، تہٕ شنکر رینہ سِنٛدیو کأشریو افسانوٕ ستی بڈیوو مےٚ تہٕ کأشرِ یک رجحان۔ یم تہٕ أسی اورِیوان مگر ہری کرشنس أس شخصیتس منٛز کیاہتام کٔشش یُتھ زِ تمِس ستی گیہِ مےٚ زیادٕ قُربتھ تہٕ اَسہِ گیہِ یارٕ زٕ ستی ستی گھریلو رِشتہٕ تہٕ بنان تہٕ بڈان۔ سأنی یہِ دوستی پۄشن اَسہِ ساری زِنٛد گیہ۔ خاصکر ییٚلہِ بہٕ الہٰ آبادٕ پیٹھ ایم اے (ہندی) پٔرتھ آس مےٚ سَپز حأرأنی یہِ وُچھتھ زِ ہری کرشن اوس نوکری ترٛأوِتھ جموں کشمیر یونیورسٹیہ ہِنٛدِس گوڈنکہِ بیچ ایم اے ہندی کلاسس دأخل گومُت۔ ہری کرشن سَپد ایم اے پاس کٔرِتھ ہندی لیکچرر مُقرر تہٕ اَسہِ گیہِ دوستی زیادٕ بڈان۔ اَسہِ اوس افسانہٕ لیکھنہٕ تہٕ

ادب بخشاونہٕ علاوٕ بیٚا کھ مُشترک وجہہ تہٕ پاٚدٕ گۄمُت، کالیج چہِ ووستاٚدی ہُنٛد۔ اَمہِ ءتیٚ بڈیہِ اَسہِ رفاقتھ تہٕ اکہِ لٹہِ رقابتھ تہِ۔ رقابتھ تہِ وَنۄنہٕ تتھ۔ سُہ اوس ایس پی کالجہِ تہٕ بہٕ امر سنگھ کالجہِ۔ دۄیو مَنٛز اوس أکس انت ناگ تبدیٖل گژھُن۔ آخرس گوس بہٕ تہٕ سُہ آو میٲنہِ جایہِ۔ بس یہِ چھُ مےٚ اکھ واقع یاد ییٚلہِ اَسہِ ژرِ کھنڈ اکھ أکس ءتیٚ مقابلہٕ لۄگ۔ نتہٕ رُوٗدی أسی ہمیشہِ اکھ أکس پنٛنہٕ کامیابی ناکٲمی، گھریلو سُکھ دُکھ تہٕ لۆکھمُت پۆرمُت ونان بوزان تہٕ بوزٕناوان۔ یہِ ییٚژاہ قُربتھ أس اَسہِ (کم از کم مےٚ) بیٚیہِ بیٚیہِ لیکھنَس پرٛنس تحریک دِوان۔ بہٕ چھُس ہری کرشن کولہٕ نِس واریاہَس لیکھمتِس براہ راس یا بلواسِط گوڈنیُک بوزن وول (تہٕ شاید) اوسمُت (یتھٕ کٔنی سُہ میٲنِس اوس)۔ اَمہِ نزدیکی کِنی اوس میٲنہِ خاطرٕ تمِس مُشکِل۔ تس نِش تیٚوٗتاہ دُوٗربر اختیار کرُن اوس مُشکِل یُوٗتاہ کانٛسہِ تہِ لِکھأرِس پنہٕ نِس موضوعَس نِشہِ اَسُن گژھِ۔ مگر یَنہٕ سُہ بیمار گو تہٕ بہٕ تہِ بیٚین ہنٛدی پاٹھی پرزنووَنس نہٕ مےٚ لۄگ صدمہٕ تہٕ پننہِ تمہِ کمزوٗری ہُنٛد احساس گٔنیوم ییٚمہِ کِنی بحیثیتہٕ افسانہٕ نِگارتَس پٹھ لیکھنَس بہٕ احتراط کران رُوٗدمُت اوسُس۔

میٲنہِ تہٕ ہری کرشنُنہٕ افسانہٕ نویسی ہنٛز زِندگیہِ مَنٛز سَپدی کیٛنٛہہ تتھی واقہٕ یمن شاید "متوازی اِتفاق" وَنِتھ ہیٚکو۔ 1980 ہٕ کِس دٔہلس منٛز اکہِ وِزِ ییٚلہِ سری نگر شہرَ ژٲٹھِس کرفیوہَس تل اوس مےٚ تہٕ ہری کرشنن دۄشوٕے لیٛوٗکھ "کرفیو" ناوٕی افسانہٕ۔ ہفتہٕ وادن اکھ أکس نِش ژھۄنہٕ گژھنہٕ پتہٕ سَپٕز اکہِ دۄہہٕ اکیڈیمہٕ مَنٛز محفل افسانہٕ یتھ مَنٛز اَسہِ تہٕ باقے بوزن والین حٲرٲنی گٔیہِ یہِ وُچھِتھ زِ دۄشوٕے پٔری اکی عنوانکی افسانہٕ۔ حالانکہِ افسانہٕ أسی پٔرتھ لحاظہٕ اکھ أکس نِش بِلکُل مختلف، یہِ زَن اکھ قۄدرتی کتھاہ أس۔ از بحیثیت اکھ قاری تہٕ طالبِ علم ہیٚکہٕ بہٕ دۄشونی اندر تمِ ذیلی ہِشر مُتشخص کٔرِتھ یِم سانِس ادبی پس منظرس تہٕ اَسہِ دۄشونی ہنٛزٕ زِندگیہِ تہٕ ماحولس منٛز موجوٗد أسی۔

شایدٲس سأنی یہِ نزدیکی تنقیدی نظرِ والبن خبر۔ اکہِ دوہہ لیکھ ناٛوی ٲسی دوشوے ٹیلی وِجن پرٛوڈیوسر شانتی وپر کولن اکھ جاینٹ پلے Joint Play یَتھ تٔمی تجربأتی پیشکش Experimental Production وون۔ ٹی وی سٹیشنکی تجربہٕ کار انجینئر سدھارتھ کلاسُند تعاوُن کوٚرُن حأصِل تہٕ پٔتن وِجن Vision فلماونس منٛز گو سبٕھاہ کامیاب۔ سُہ کاشُر ڈراما لیٛوکھ مےٚ تہٕ ہری کرشن کولن یکہِ وٹہٕ بِہتھ تہٕ باہمی عمل ردِعملہٕ پتہٕ کول صأبنی گرِ۔ نتہٕ ٲسی ٲسی پننہِ پننہِ جایہِ لیکھان۔ وون گو یہِ کتھ یاد تھوٚنی چھےٚ ضروٗری زِ ہری کرشن روٗد گوڈٕ پیٹھے نمایاں پأٹھی افسانہٕ لیکھان۔ گوڈٕ گوڈٕ صرف ہندی پأٹھی تہٕ پتہٕ کأشرِ پأٹھی تہٕ۔ تسُند کأشُر افسانہٕ گو تیٚسُندِس ہندی افسانس پٮ۪ٹھ سبقت نِوان مگر ہندی تہِ روٗز تیٚسُندِ موثرِ اظہارٕچ زبان برابر۔ وطنہٕ نشہِ دوٗر گرٛھنہٕ کنہٕ دوہن لیٚچھ تٔمی ہندی پأٹھی اکھ ناول ''وِتھ وبتھا'' (وِیتھِ ہُنٛد دود) تہِ یوسہٕ شایع سپٕز۔ اکھ تکلیف اوٚسُس زِ 1989 تس تام کٔشیرِ اَندر روٗزِتھ تہٕ کأشرِس افسانس نوٚو زوٗ زبتہٕ دِتھ تہِ کوٚرواریاہَس کالس ساہتیہ اکادمی ہِنٛدہو کأشرِ ہو مُنصِفو (jury) تسُند لیکھُت نظر اَنداز۔ حالانکہِ پتہٕ آوتٔمِس ''یِتھ رازدانے'' پٮ۪ٹھ ساہتیہ اکادمی اعزاز دِنہٕ۔

سون مُشترکہِ دوست پروفیسر امر مالموہی اوس (شاید) میانہِ مُقابلہٕ ہری کرشنہٕ نِس افسانوی فنس پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ باپتھ زیادٕ موأفِق مقامس پٮ۪ٹھ کھڑا۔ تٔمی لیٛوکھ (تہٕ صرف تٔمی یوت لیٛوکھ) ہری کرشنس پٮ۪ٹھ اکھ زیوٗٹھ مضموٗن یُس تِہنٛز ''وِبڑھنے تہٕ ووکھنے'' کِتابہِ اَندر شامل چھُ۔ تٔمی لیٚکھی مےٚ پٮ۪ٹھ تہِ اکھ زٕ لوٕکٕٹ موٕکٕٹ مضموٗن۔ مےٚ کٔر صرف ہری کرشنہٕ نِس افسانہٕ ''یِتھ رازدانے'' مولانکون تہٕ ''کأشُر افسانہٕ: از تہٕ پگاہ'' کِتابہِ منٛز کوٚرُم شأمِل۔ مگر بہٕ چھُس اعتراف کران کہِ مےٚ لیٛوکھ نہٕ تس پٮ۪ٹھ تیوٗتاہ مفصل تہٕ مدلل یِیمٕک حقدار سُہ اوس۔ یِیمہِ مونوگرافہِ ستی چھُس بہٕ سُہ اڈلیوٗک فریضہٕ پوٗرٕ کران۔

یہٕ چھُس ماناں زِ ہری کرشن کول اوس اکھ طرحدار افسانہٕ نوٗیس۔ تٔمِس اَس پانَس أندۍ پکھۍ کہن معمولی لۆکن ہنٛز بظاہر ہموار زِندگیہِ ہنٛدِس سنبرس وٕستھ غٲر معمولی صورتحال ژھارنٕچ تہٕ افسانس منٛز وہرٕ ہناونٕچ مہارت۔ یہِ صورتحال أسی نہٕ تسنٛدِ کُنہِ توٚضیٖح یا گوڈے طے شُد فارمولاہچ پیداوار آسان۔ معمولی لۆکن ہنٛز کتھ اوس سُہ تِژھی معمولی تہٕ دوہ دٕہن چہِ غٲر مصنوعی زبأنی منٛز وٕنتھ ہیٚکان یہِ چھُ اکھ سیٚٹھاہ مُشکِل عمل یٚیمہِ منٛزۍ گُذرُن کأنسہِ تہِ تخلیق کارسنٛدِ خٲطرٕ سیٚٹھاہ مُشکِل آسان چھُ۔ یہِ مُطالعہٕ تیار کرنہٕ وِزِ رۆد مےٚ ہمیشہِ نظرِ تل ہری کرشن سُنٛد سُہ صاف سیٚود تہٕ غٲر مصنوعی اسلوٗب تہٕ ڈِکشن یٚیمہِ کِنۍ تسنٛدۍ افسانہٕ سانہِ خٲطرٕ سیٚٹھاہ اہم چھِ۔

مےٚ کٔر کۆشِش ہری کرشن بطور اکھ سیٚٹھاہ اہم افسانہٕ نِگار کُنہِ اکیڈیمِک یا تدریسی جانِب دأری ورأے پیش کرنٕچ۔ یَتھ منٛز چھےٚ تسنٛز زِندگی تہِ تہٕ تخلیق تہِ[۱]۔ خاصکر چھےٚ تسنٛدہن افسانن ہنٛز زمانہٕ بندی (نہٕ کہِ درجہٕ بندی) کٔرِتھ تِم پرٛزناونٕچ تہٕ تِہنٛد مُطالعہٕ کرنٕچ کۆشِش۔ یَتھ منٛز چھُ میانہِ خٲطرٕ زیادٕ اہم تَسُنٛد تخلیق نہٕ کہِ تسنٛزِ تخلیقی زِندگیہِ مُتلِق اعداد شمار۔ مےٚ یہِ پٔرِتھ افسانہٕ مجموعہ منٛز تِم سأری افسانہٕ یِم تسنٛز مجموعی نُمایِنٛدٕ رٔوِش تہٕ انفرأدی افسانن ہنٛز نہجہِ وہرٕ ہناونہٕ خٲطرٕ ضرٗوری أسی۔ یٚیمہِ مونوگرافُک مقصد چھُ مُصنِف پننہِ کُلہُم شخصیتہٕ کِنۍ زانُن نہٕ کہِ تسنٛدِ پٔرِتھ افسانٕچ تنقید کرٕنۍ۔ مےٚ لٔج سیٚٹھاہ محنت تہٕ پرٛنہٕ کھوتہٕ زیادٕ وَق تہِ لۆگ۔ ووٚن گوٚ اگر ے پرن والین پسند یِیہِ یہٕ مانہٕ کأم گٔژھ رَتھِ۔

رتن لال شانت

---

۱ تسنٛزِ زِندگی ہنٛدۍ بیش تر تفصیل ہیٚتۍ مےٚ تسنٛزِ آشنہِ (شریمتی راج دُلاری کول) تہٕ تسنٛدِس زِٹھس فرزند منوج کولس اکھ مُفصل سوال نامہٕ سۆزِتھ۔ امہِ سوال نامک حوالہٕ چھُ مےٚ واریاہن جایَن دِیُت مُت۔

# ہری کرشن کول : زِندگی تہٕ تخلیقکۍ سرچشمہٕ

ہری کرشن کول زاو کاٹھیلشور زٲندار محلہٕ کِس پنڈت واسدیو کول سٕندِس پرٕوارس منٛز 22 جُلٲے 1934۔ زٲندار محلہٕ چھُ حبہٕ کدلہٕ ہیٚو ر پہان وٮ۪تھہِ ہٕندِس کھووِرس بٔٹھِس پیٹھ رٮ۪شی صاٮ۪بٕنس آستانس أندۍ پکھۍ بَسٕتھ۔ کاٹھیلشور محلہٕ چھُ زٲندار محلس ہیٚو ر رٮ۪یتہٕ تؤ أژٕکی مندر کاٹھیلشور واقع چھُ۔ محلس منٛزٕ ے مندر آسنہٕ کِنۍ اوس ہری کرشن لوکہٕ چارس اور یِوان گژھان زیادٕ اِو موکھ زِ اتھیک آنگُن اوس شُربن ہٕندِ چرۍ گشہٕ تہٕ گنڈنہٕ درو کنہٕ کِنۍ تِمس ہمیشہٕ کُشش کران۔

پنڈت واسدیو کول سٕندِس گٕنبس منٛز أسۍ ترٛینٛز آشٕنۍ (ہری کرشنٕنۍ مأج کاءکٔنۍ) اکھ موٗنڈ بیٚنہٕ (بیٚنہٕ گاشؔ) تہٕ ژور شُرۍ۔ ہری کرشن اوس نہٕ گرٕٹیک زیٹھ لڈکہٕ بٔلۍ کہٕ زِٹھ أ ءِسس بیٚنہٕ دُرگاجی تہٕ کوٗنس بوے بالؔ کرشن۔ اکھ شُر اوس لتہٕ زہنہٕ پتے گٔذریومُت۔ دُرگاجی سُنٛد پروفیسر موتی لال رینہ (پنجاب یونیورسٹی چنڈی گڈھ) ہٕس ئتۍ کھانٛدر تہٕ مأٲلس پتہٕ أس گرِچ ذِمہٕ دٲری واریاہس حدس تام ہری کرشنٕسے تٕلٕنۍ۔ واسدیو کولن روٗچھ بڈ مٔیچھنتہٕ سان پٔنُن عیال حالانکہٕ یاتہٕ قسمتنہٕ یا ورنہٕ آسنہٕ کِنۍ یاتہٕ پٔنٕنۍ غلطی کِنۍ ہیٚوک نہٕ تِمٕ اکی قسمٕچہٕ نوکری یا کارس اندر ڈاڈ کٔرِتھ۔ گوڈٕ کٔرن أکِس ٹرانسپورٹ کمپنی منٛز باضابطہٕ نوکری یٮ۪تہٕ رٮ۪تی رٮ۪تی تنخواہ میلُن یقینی اوس۔ یہٕ وقت اوس گرِ بہترین مأٲلی حالاتن ہُنٛد وَق تہٕ ہری کرشن اوس خوشی تہٕ اطمینانہٕ سان امہٕ وقتُک ذِکر کران ییٚلہِ سُہ پانہٕ لوکُٹ اوس۔ مگر خبر کمہٕ وجہہٕ کِنۍ ترٛٲو پنڈت واسدیو کولن یہٕ نوکری تہٕ ہیٚوٚتُن پٔنُن کارٕ بار کٔرُن۔ نتیجہ دژاویزٕ گرِکۍ

حالات رٗو دِی نہٕ ڈنٛجہِ، حالانکہِ پانہٕ روٗزِتھ پوٗزتہٕ وومید زِ بزنس دِیہِ تس تار۔ سُہ اوس مانان زِ سُہ روزِ کامیاب بطور بزنس مین یہِ زٕن عملی طور سَپدِتھ ہیوٚک نہٕ۔ تٔمِس کھوٚت قرضہٕ یُس نٔکھِ والُن اتھ پرِ وارس سبٹھاہ مُشکِل گو۔ تم دوہ یاد کٔرِتھ اوس ہری کرشن مغموم گژھان ییٚلہِ سکولہٕ کِس ہیڈ ماسٹرس ستی کتھ کٔرِتھ ''بٲے ٹوٹھ'' (گرس منٛز اُسی پنڈت واسدیوس امی ٹاٹھِنیار کہِ ناوٕ بُلاوان) تس سکولہٕ منٛز کڈِتھ ژھننہٕ نِشہِ یتھ وتھِ بچاوان اوس۔ [1] یتھی ہِوِ موقہٕ آیہِ ہری کرشننہِ سکولی زِندٕگیہِ منٛز مگر یہِ اُس تٔسنٛدِ خاطرٕ فخرٕچ کتھ زِ بٲے ٹاٹھی دیُت نہٕ شُرہن ہٕنٛز تعلیمہٕ ژھٕہن گژھنہٕ۔ بٔلۍ کہِ محلس اَندر مُقیم جبری سکولہٕ پتہٕ یعنے پنٛژمہِ جمٲژ پتہٕ کٔرِن شُری پرایویٹ سکولس اندر فیس دِتھ دٲخل۔ سرکٲری سکولن تہٕ اوس تٔمن دوہَن فیس آسان ووں گو پرایویٹ سکولن آسہِ ہے تمہِ زیادٕ ے۔ گوڈٕ سَپُد ہری کرشن ہٕند وہاے سکولس اندر تہٕ پتہٕ ڈی اے وی سکولس منٛز دٲخل۔ ہری کرشنُن لوکُٹ بوے بالکرشن تہٕ آو تِتھے کٔنۍ دٲخل کرنہٕ اماپوٚز ہری کرشن یُتھ پرِنس کیُت تیز اوس تِتھے اوس نہٕ بالکرشن تہٕ سُہ پوٚک نہٕ زیادٕ برٕونٛٹھ۔ [2] مٲلِس اوس تٔسنٛد ذہین آسنُک پے تہٕ اَوے اوس تٔمِس زیادٕ پہام لول بران تہٕ پننہِ مخصوص طریقہٕ پننہِ مقدورٕ مُطٲبق اُمِس رٕنٛزناوان تہِ۔ ہری کرشن کول سُنٛد زیٛٹھ لڑکہٕ منوج کول چھُ اتھ سِلسلس منٛز مٲلِس نِش بوٗزمُت اکھ واقع یتھِ کٔنۍ بیان کران۔ یہِ چھُ تٔمن دوہَن ہُنٛد واقع ییٚلہِ پنڈت واسدیو ٹرانسپورٹ کمپنی ہٕنٛز کٲم کران تہٕ مُلازِم اوس اکسکرشنس excursion/picnic پیٹھ ڈل گژھنُک فیصلہٕ کوٚرمُت:

''اکہِ دوہہ آو سکولُک چپرٲسی تہٕ کوٚڈُن (ہری کرشن) کلاسہٕ منٛزٕ زِمول

---

[1] بحوالہ منوج کول: سوال نامہ

[2] ایضاً

چھے آمُت۔ بیگ وٲتِتھ دڑاو ہری کرشن۔ بٲے ٹاٹھس (مٲلِس) وُچھن بُتھ غمزدٕ۔ سُہ ووتھُس 'پکھٕ مٲج ہاموِیی!' شُرس آیہٕ أشی بۍمہٕ تہٕ دڑاو مٲلِس سیتۍ۔ مگر تٔمۍ نیٚوٕ نیچُوٕ گرٕ بدلہٕ پٔتن دفتر۔ تتہٕ نئو اُمس لٔڈکس زِ دفتر والین چھُ پکھ نِکس گرٕھُن۔ دفترٕ پٔتھ (یُس اُمرا کدلہٕ اپارِ یا یپارِ آسہٕ ہے) ڈل گیٹ تام گٔھتۍ تم کمپنیہٕ ہنز گاڈٕ۔ تتہٕ پٔتھ ڈٔنکس کیتھ نِشاط۔ کھُلہٕ کھنٛا چینٛاہ تہٕ اُسن رِگنڈُن کوٗرُکھ۔ اتھ جمأژ منز اُسی سٲری بُڈی بالیغ تہٕ ہری کرشن گُن شُر۔ تِوٕ رٔکنہٕ گری ہیس زیادے لاینٛ للہٕ وٕنی......"[1]

مٲلۍ نیٚوٕ بچہٕ سکولہٕ منٛز اپُز ے بہانہٕ کڈِتھ۔ کینژھاہ اوس یہٕ مٲلۍ سُند مذاق (یتھ أزی چہٕ زبٲنۍ منٛز سیاہ مزاح Black humor ونو) کینژھا آسہے تسُند مقصد شُرس گوڈٕ صدمہٕ دِیُن تہٕ پتہٕ سُہ عأش کرٕناوُن۔ یتہٕ ہیکہٕ ہے وجہ اُستھ زِ سکولہٕ وٲلۍ ماتژ اوٕ ہأنس نہٕ کلاسہٕ منٛزٕ۔ مٲج مرِنٛچ خبر سو تہٕ مٲلِس نِش بوٗزِتھ درِ ہے نہٕ شُر سکوٗلہٕ تِکیٛازِ تس اوس ماجہٕ ہُنٛد سبٹھاہ موحبتھ۔ نتہٕ آسہٕ ہے یہٕ شُر سکولچہٕ باقاعدگی تہٕ پرنہٕ لیکھنہٕ رِکس معاملن کیُٛت سبٹھاہ سنجیدٕ۔ بدل کُنہٕ بہانہٕ نیرِ ہے نہٕ کلاسہٕ منٛزٕ۔ یِمہٕ واقہٕ ہُک مثبت پہلو چھُ یِہ مٲج روٗز ہری کرشنس سبٹھاہ لول بران تہٕ ہری کرشنس روٗ دیٔڈِتھ تام ماجہٕ ہنٛدِ لولُک تہٕ گرخاطرِ تِسنٛدِ ایثارُک ہمیشہٕ خیال۔ چنانچہٕ تٔمۍ چھے "زوٗل اپٲرِم" افسانہٕ سوٗنبرن ماجہٕ کاکنہٕ ہنٛدِ ناوَے منسوٗب کٔرمُت۔ امہٕ مُقابلہٕ چھُنہٕ ہری کرشنہٕ نین افسانَن اندر مٲلۍ سُند کانٛہہ سبٹھاہ مثبت تصویر ووتلان۔ مٲلۍ سُند رِکردار چھُ تتہٕ کمن تام پننہٕ نٔنے حأری ثاتن تہٕ تخمین ژٕٹہٕ واٹھ کران ووتلان۔ تٔمۍ سُند خأر چھُ نیچوٕس یِی زِ زنم چھٔنس دیُت مُت۔ سمجان چھُنہٕ سُہ نیچوِس پۍوٗرِ تہٕ اطمینانہٕ سان زانٛہہ۔ ہری کرشن اوس گرٕ تہٕ پرِوارٕ خأطرٕ جکھ وُن فرمانبردار

---

[1] ایضاً

لڑکہٕ تیٚمی پرٕنہٕ کیٚنہٕ دوہَن تہٕ ٹیوٗشن کٔرِتھ ماٲلس گرِ چلاونس اتھ روٗٹ کوٚر۔ پانہٕ پٲنسہٕ ژور کماونہٕ سٟتۍ اٚس تٔمِس خود اعتمادی آمٕژ یُتھ زِ پتہٕ زِندٕگیہِ منٛز تُلُن اکھ فٲصلہٕ کُن قدم۔ نوکری ترٛاوِتھ گو یونیورسٹیہِ منٛز داخل یُتھ تعلیم جٲری تھوِ۔ بی۔اے کٔرِتھے اوس پبلک ورکس شعبس منٛز نوکری لوٚگمُت۔ حالانکہِ تتہٕ اٚسس معموٗلی کلرِکی ہنٛز نوکری، مگر سرکٲری نوکری ترٛاوِتھ ایم۔اے کرنہِ گژھُن۔ یہِ اوس اکھ خطرٕ یُس تٔمۍ موٗلی ہیوٚت۔ آخرس دژاو تُسٕند یہِ فٲصلہٕ صحیح مگر اہم چھُ یہِ زِ تسٕندِس کِردارس منٛز اٚس اکھ خود اعتمادی آمٕژ یمیُک ابتداہٕ وٕنٛژھے سپد یوٗمُت اوس۔

لوکہٕ چارس اوس گرس منٛز ہری کرشنس اکھ سہارٕ ماجہِ ہُنٛد یُس تٔمۍ جایہِ جایہِ پننہٕ افسانن منٛز ماجہِ کِردار پیش کرنہٕ وِزِ وُکھُنمت چھُ۔ ''زوٗل اپٲرِم'' افسانہٕ سوٚنبرنہِ منٛز چھُن گوڈنِکہٕ سے ورقس پیٹھ ماجہِ کاکنہِ ہُنٛد فوٹو دیُت مُت تہٕ لیوٗکھمُت: ''پرٕنہٕ لیکھنہٕ ورٲے'' اٚس تہٕ تُل تمہِ ''زِندٕ زوٕ سبٕٹھاہ دوکھ۔'' ہری کرشنٕنۍ زنانہٕ کِردار چھِ قوت برداشکۍ مُجسمہٕ آسان تہٕ پننہٕ نٕبن شُرٕبن باژن ہنٛدِ خاطرٕ چھِ زِندٕگی تام چھیٚپہِ دِوان۔ گرگرا کنٕہن اندریم وصف اٚسۍ تٔمۍ گوڈٕ پننہِ ماجی منٛز وُچھمٕتۍ۔ یہِ احساس اوُسس سبٕٹھاہ کہِ دُنیاہ چھُ کرٕوٗٹھ۔ اتھ اندر چھےٚ نہٕ قوربٲنی کانٛہہ اہمیت۔ لیکھان چھُ زِ ماسٹر زِندٕ کولن زن تہٕ ''یہِ شعر تٔسۍ میانہِ ماجہِ مُتلق وٕنمُت چھُ۔ کالہٕ داسس تالہِ ژٕبل پیٹھ کالہِ وٕنمُت گاٹلوٕ رطالع ین یُس لوگ زالس گاٹہٕ جارس کیٛاہ کرے۔'' ہری کرشنُن لوکُٹ بوے بالکرشن سپُد کالاکوٹ جوٚمہِ نوکری کرٕ ونٕہن دوہَن اکہِ دوہہٕ اکہِ حادِثُک شِکار تہٕ جوٲنی منٛزے گو یتیٚمہِ دُنیاہہٕ۔ لتس اٚس زنانہٕ لوٕکٹ تہٕ شُری کم سِن۔ یہِ صدمہٕ پیوٚ گٔری گرس تُلُن تہٕ ہری کرشن سٕنٛز زِندگی تہٕ سونٛچ تہِ سپُد مُتاثر۔

ہیٚرِ کنہِ آو اشارتاً ونہٕ زِ ہری کرشن کول سُند پتاجی اوس تہٕ بزنس کرُن

یَژھان مگر تتھ منز گوٚ نہٕ کامیاب۔ نتیجہ دژاو زِ غربچ ژھاے روٗزگرس دوٚہے آیہٕ گژاے کران۔ ''پگاہ'' افسانہٕ کتھِ کٔنز تہٕ کیٛازِ لیٛوکھ تِمو تتھ مُتلِق چھُ ''بہٕ کیٛازِ تہٕ کتھِ پأٹھی چھُس لیکھان''، مضموٗنس منز لیکھان زِ مےٚ پیوٚ ''پٔنُن لوکہٕ چار، لوکہٕ چارُک ژاٹہٕ ہال، ژاٹہٕ بأج، تہنز تہٕ پٔننز غُربتھ سوٗرُے کیٛنہہ'' یاد تہٕ اکھ افسانہٕ زاو۔'' اتھ افسانس منز چھِ پرٛایمری (جبری) سکوٗلکی شُری غریب تہٕ مُٹھ۔ مکھنہٕ تہٕ سُلہٕ چھِ غربت بے وقوفی تہٕ چاٛرِگی ہٕندی مُجسمہٕ۔ یِم چھِ گرا ماشٹرس گرِ کأم کوٚٹ کرِتھ گرا کلاسس منزٕ تس خدمتھ کرِتھ دوہ دوہ کڈان تہٕ دِماغی لحاظہٕ تتی روزان ییٚتہِ أسی۔ افسانس منز چھِ یِم تِھی ژوٚرِمہٕ جمأژ روزان یوتانی باقی (پرایوٹ) سکوٗلن ہٕندی (امیر) بچہٕ بڈان تِھنز تعلیم حاصل کران کھاندر کران شُری رچھان تہٕ خوبصورت زِندگیہٕ گُذاران چھِ۔ اتہٕ چھِ غربتھ تہٕ بے وقوفی ہم معنے یتھ سأری استحصال کران چھِ۔ امہٕ پزرُک سخ احساس اوس ہری کرشنس تہٕ سُہ اوس ہأوکھ نہٕ پرأے امیُک ذِکر کران۔ تسُند لوکہٕ چار اوس اباوتَس منز گُذریومُت ییٚمہِ منزٕ نیرٕچ شعوری کوٗشِش تسنزِ زِندگی تہٕ لیکھنُک خاصہ بنوٚ۔ تِہنٛدِس ادبس منز چھُ تسُند گرِ محلہٕ ہم سایہٕ بازر راشن گاٹھ تہٕ حبہٕ کدل نُمایاں پأٹھی مُنعکس سَپدان۔ یہٕ چھُ تسنزِ مُستند زِندگیہٕ ہُنٛد اوند پوٚکھ تہٕ تسُند ایماندار ادبی ورتاو۔ سُہ چھُنہٕ ادبس منز کانٛہہ ریاکأری ورتاوان یا کانٛہہ خیألی تناظُر پأدٕ کران۔

پنڈت واسدیو کول سُنٛد پرِوار روٗد کاٹھیلشورچہٕ تتھ بڈِس ترٛپورتہٕ پأنژھ طاق لرِ منز تِھچِھ پچھ کران قناعتہٕ سان زِندِگی گُذاران یُس ہری کرشنہٕ حِسابہٕ أندری اوٚ ژھ تہٕ کمزور گوٚمُت اوس یتھِ کٔنز رِوایتی کأشُرِ زِندگی غربتھ تہٕ لاچأری کٔنز پٔنہ پٔنہٕ گأمژ أس۔ مکانہٕ اوس مہرأج سیربن ہُنٛد آنگنہٕ کہِ سطحہٕ بوٚنے پہان یتھ پژأنی تہٕ گوٚبٕ دارِ بر مژرنہٕ دِنہٕ وِزِ ءکس ءکس کران أسی۔ آنگُن اوس ییٚہِ دون

لرہن ہِنٛز مُشترکہ بیٚتہٕ پتری کیٛو ہم سایہِ وقتہٕ نا وقتہٕ سمان تہٕ خاَر پاٹھ کران اَسی۔ مُشترکہ آسنہٕ کِنۍ تہٕ مکانن ہنٛز حالتھ حسابے اوس آنٛگُن تہٕ نظر انداز ے کرنہٕ آمُت تہٕ اَوے اَسی اتھ صرف روٗڈ تہٕ کترِ پھٔلی واہراَوِتھ۔ ہری کرشنس اَس آنٛگنٕچ تہٕ لرِ ہنٛز واَراَنی سخ کھران۔ خاصکر لرہنٛزِ وراثتھ پیٛٹھ مألی سُنٛد کمام رٕژُن اوٚسس نہٕ وبژان۔ تمۍ چھُ افسانن منٛز کرشن جایَن لرِ نار لکنٛگ ووہو کو نِچھمُت۔ آیہنٛز لرِ پیٛتی کِنۍ کوچس پیٛٹھ، یُس سڑکہِ پیٛٹھ یاربل تام وسان اوس، پنٛڈت وبدٕ لعل وکیل سُنٛد شوٗبہٕ دار تہٕ پوٗر مکانہٕ اوس تمُس اَچھن تراوِتھ دِوان۔ سُہ اوس عموٗمن پننہٕ کھُٹکی دارِ پیٛٹھ بہتھ کوچہِ اپارِ امہِ ڈیکی جوٗل گرکِنہٕ باَژن تعریف امارِ تہٕ رشکہٕ سان وُچھان۔ تٔمِسٕند ''راگ واَراَگ'' افسانُک پس منظر چھُ تُسنٛد یہوے نظارٕ تہٕ یہوے امار۔

ہری کرشن کولس اَس آرٹ فن تہٕ سنٛگیتس ہِنٛز سکول کالیج کِنہٕ دوہنے قُربتھ تہٕ لوٕ ے کھوٕ ے پادٕ گامٕژ۔ کالیجہ کِنہٕ دوہن پوسٹر بناوِتھ کِنۍ یا شُرہن میٛٹھی تہٕ معنے (فلمی یا غاَر فلمی) باَتھ گنٛگراَوِتھ بوزناوٕنی یا تہنٛدِ خاطرٕ مہابھارت چہِ کہانی کِتابہٕ انہٕ ناوِتھ تمن دِلچسپی پادٕ کرٕنی بیٚترٕ اَسی تسنٛزِ امی رُوشہٕ ہنٛدی نتیجہ۔ پنٛڈت وبدلال وکیل اوس پننہِ وقتہٕ (1930-50) کاشرِ ناٹک تہٕ سنٛگیتُک اکھ ناو ہیوٚن لایق شخص۔ تہنٛدِ گرِ اَسی کیٛنٛہہ نامورگبن کہِ واین واَلی کلاکاریوان۔ تمۍ اَسی پنٕنۍ شُری کلاسیکل فنس اَنزی منٛزی گُری ہِتی۔ شُرہن اَسن موسیقی ہنٛزن راگن پیٛٹھ ناو تھٔوی ہِتی۔ اتھ سارِی سٕے اوس ہری کرشن کول اکھ شوقین تہٕ قدر دان شاہد۔ یہِ روٗد تمُس لوکہٕ چارٕ پیٛٹھ مُتأثر کران۔ تہِتھے کِنۍ روٗدی تسنٛدِس تخیلی خزانس تُسنٛد کوچہ، سڑکھ، محلہٕ ناوِد، ووٕنۍ تہٕ محلکۍ کامیاب کہٕ ناکام سِیأسی (پأدلی تہٕ گُری سوار) کارکُن بُرٕژر کران۔ یوٚ تام تس شُری بڑے ہیہ تہٕ ریاستہٕ کہٕ مُلکہٕ نبر دژاے توٚ تانۍ اوس نہٕ ہری کرشن تہٕ زیادٕ سفر کران۔ مگر تسنٛز نظر اَس تیز تہٕ مُشأہد کمالُک۔

ہری کرشن کولن تڑ آ و پی ڈبلیو ڈی ہچ نوکری تہٕ گو ایم اے کرنہٕ۔ یہٕ اوس تسُنْد اکھ جُرت مندانہٕ قدم تِکیازِ تۆ تام اوس تٔمۍ کلاسہٕ پتھ کلاسہٕ پاوِ پاوِ کھٔسِتھ پۆرمُت یہٕ زَن مالۍ سنٛزِ محدوٗد آمدنی تہٕ خرچہٕ کِس دأیرس منز روٗزِتھ ممکن اوس۔ میٹرک دِیُت تٔمۍ ڈی اے وی سکولہٕ تہٕ گو ایس پی کالیج ییٚتہٕ تس اندر لیکھنہٕ پرٕنکۍ شعورن اتفاقاً اکھ حوصلہٕ افزا تحریک لٔب۔ تٔمۍ دِیُت 1949 منز میٹرک یُس حالہٕ بنے ہِنز جموں کشمیر یونیورسٹیہٕ ہُنْد منعقد کۆرمُت گوڈنیُک میٹرک امتحان اوس۔ موتی لال کیٛموہ تہٕ چمن لال سپروٗ ییم دوشوے جبہٕ کدلس نکھے روزان آسی، آسی تس ہم جمأعتی۔ یہٕ کتھ چھےٚ اہم تِکیازِ ییمو دوشوے ہیوٚت تقریبن امی وقتہٕ ہندی یَس منز لیکھنُک پرٕنک شعور پأدِ گڑھنُک ثبوٗت دِیُن۔ کیٛموصأبن کۆر پتہٕ بڈٕتھ ماجہٕ زبِ منز لیکھنُک شوق تہٕ سُے پھوٚلہٕ روٗن اماپۆز سپروٗ صأب روٗد ہندی یسے منز لیکھان۔ ایس پی کالجہٕ پتہٕ گٔے ییم تڑ یشوے گاندھی میموریل کالجس منز دأخل۔ بہرحال ایس پی کالیج چھُ ہری کرشن سنٛزِ ادبی زِندگی منز اہم مقام تھاوان تِکیازِ اَتی لیٛوکھ تٔمۍ پنُن گوڈنیُک افسانہٕ ''ایک تھا راجہ'' ہندی/اُردوٗہَس منز ییتھ پروفیسرو تأریف کٔری۔ تتہِ اوس دویو تڑ یو پروفیسرو ''لٹریری کلب'' بنوومُت ییتھ منز لڑکن کیٛنہہ نتہٕ کیٛنہہ پرٕنک بوزناونُک ترغیب دِنہٕ اوس یوان۔ ہری کرشن چھُ وَنان زِ ''یہٕ تہِ پھسیوس أکِس ہم جمأعتی سنٛدِس وننہٕ نَس پتھ...... اتھ زالس ییٚمہٕ منٛزِ نیرنُک کانْہہ ووپایے چھُنہٕ...... مےٚ تُل کھوژان کھوژان قلم اَتھس کیٛتھ تہٕ ترٛتھِ پأٹھی تِتھِ پأٹھی لیٛکھم صفہٕ تار...... تمہِ صدارت آسی پروفیسر نصراللہ کران۔ صدارتی تقریرس منز کٔری تٔمۍ میأنِس لیٛکھنَس تأریف۔ ووٗنُن زِ تٔمۍ چھِ لٹریری کلب چن اکثر مِٹنگن منز شِرکتھ کٔرمٕژ۔ وارِیاہ مضموٗن تہٕ نظمہٕ چھُن بوزمٕژ مگر أزیُک یہٕ ''ایک تھا

راجہ'' چھُ تِمن سارِنٕے سرس۔ صدارتی تقریر بوٗزِتھ گو مے گُمہٕ شران......''[1] ظاہر چھُ زِ یہِ افسانہٕ اوس ہندی یا اُردوٗہَس منٛز یتھ منٛز کتھ ونہٕ ٹک رُت سلیقہٕ اوس تہٕ زبان غلطیوروٗس أس۔ اسہِ چھُنہٕ پتاہ امیُک پُلاٹ کیٛاہ اوس مگر ہری کرشنُن افسانہٕ ادب وُچھِتھ ہیکو وٕنتھ زِ اگرے اتھ افسانس منٛز کُنہِ پادشاہ کتھِ یا کُنہِ لُکہٕ کتھِ ہُنٛد فریمٕ (frame) استعمال کرنہٕ آمُت آسہِ ہے سُہ تہٕ آسہِ ہے مُصنِفن پنہٕ نِس ہم کال أندی پکھِس ستیٛ جوٗڑِتھ بامعنے بنومُت۔ ایس پی کالجس منٛز أسی تمہِ وِزِ پروفیسر کاشی ناتھ در (ہندی) پروفیسر جیالال کول (انگریزی) تہٕ پروفیسر محی الدین حاجنی ہِوی ادب نواز تہٕ حوصلہٕ دِنہٕ وألی پروفیسر یِمو ہری کرشنس ٲکھٕ کُنھٕ گر۔ بیٛیہِ اوس سُہ وقت کأشرِ زبأنی ہِنٛدِ ووٗتھبو خأطرِ سٹھاہ موأفِق تہٕ اہم۔ تسٕنٛد یہِ افسانہٕ دژاو کالیج کِس میگزین ''پرتاپ'' منٛز یِمِکی انگریزی طالبِ علم ایڈیٹر برج بہاری کاچرو أسی تہٕ ہندی ہِکی ایڈیٹر ششی شیکھر توشخانی أسی۔ کاچرو چھِ از بطور مشہور زبان دان تہٕ توشخانی ہندی تہٕ انگریزی مُصنِف تہٕ رِسرچ سکالر زانہٕ یِوان۔ موتی لال کیمو صأبُن وُنن چھُ زِ کالجس منٛز اوس ہندی لِکھارٕن ہُنٛد اکھ فعال گرٛوپ۔ یِمو ہیوٚت کالجہٕ پتہٕ کُنہِ کُنہِ دوہہ سوتھِ پٹھِ کِس رام ژٕندرٕنِس مٔندرحاطس منٛز سمُن تہٕ اکھأکِس سُنٛد لیکھُت بوزُن بوزناوُن۔ ووٚں گو ہری کرشن اوس نہٕ یِمن مِیٹنگن منٛز باقاعدگی سان یِوان۔ بہرحال ایس پی کالجہِ پتہٕ بی اے پرنہِ گاندھی کالیج گژھِتھ گو نہٕ ہری کرشنُن شوق کم۔ خوش قسمتی سان رٕوٗد ییتہِ تہِ کیٛنٛہہ پروفیسر أمِس حوصلہٕ بڑاوان۔ یِمن منٛز أسی پروفیسر پیارے لال ہنڈو، دینا ناتھ مدن تہٕ پروفیسر پنڈتا (سنسکرت) ناویٚنٛز لایِق۔ ہندی اُردو أسی نہٕ تِمن دوٚہن کالجن اندر باقاعدٕ مضموٗن

---

[1] پوٚت کتھ: زوٗل لیٛأرِم

ئلۍ کہِ اَسی یم صرف اختیٲری (آپشنل) سبجکٹ یمن پاس گژھنہٕ نہ گژھنہٕ ستی طالِب علمس رِزلٹس کیٛنہہ کمی زیادٕتی گژھان اَس نہٕ۔ ووں گو سنسکرت ادبس منٛز کالی داس (شکنتلا) ہیُو ووستاد پرنک موقہٕ میُول ہری کرشن کولس کالج کِہن ایامن دورانٕے۔

بیش تر کاشرین ادیبن ہنٛدی پاٹھی یم 1947-1950-1955 ہَس اَندی پکھی لیکھان اَسی کوٚر ہری کرشن کولن تہِ اُردوٗ پاٹھی لیکھُن شوٗرٗ مگر اُردو کھوتہٕ رٗز تمِس زیادٕ رغبتھ ہندی پیٛٹھ۔ پانہٕ تہِ چھُ ونان زِ ’’1966 یَس تام اوسُس بہٕ گوڈٕ اُردوہَس تہٕ پتہٕ ہندی یسے منٛز لیکھان تہٕ میٲنی افسانہٕ اَسی ہندی کِہن اعلیٰ تہٕ مشہوٗر رِسالن منٛز چھپان۔ اُتھِمِس دٔہلِس منٛز چلیے یہِ ہندی افسانس منٛز سمانتر کہانی (متوازی افسانہٕ) ناوٕ اکھ تحریکَ تہٕ بہٕ تہِ اوسُس امہِ تحریکہِ ہُنٛد اکھ ناو۔ الہٕ پلہٕ رٗ دُس بہٕ داہَن وٕریَن صرف ہندی یسے منٛز لیکھان......[1] یعنے سُہ چھُ پنُن شرٗوعٲتی سنجیدٕ لیکھُن تہِ مانان یہِ تِمو 1956 پیٛٹھ 1966 تام لیٛوکھ تہٕ یُس ہندی یَس منٛزے اوس۔ سُہ گو تسنٛدِ بی اے پاس کرنہٕ تہٕ پی ڈبلوڈی پیٛٹھ نوکری کرنہٕ پتہٕ تام ئلۍ کہِ 1961 یَس منٛز ایم اے (ہندی) کرنہٕ پتہٕ تام تہِ۔ ہندی کِہن بہلہِ پایہٕ لِکھارین ستی خاصکر کھوورِ درٕکِہن اَدیبن ستی رٗز تمِس دِلہِ ووتھٕ بیٛٹھ تہٕ کیٛاز دِلہٕ رٗ دُس یُن گژھُن۔ نوکری لٔجس بطورِ ہندی لیکچرر گورنمنٹ کالج بھدرواہہ تہٕ پتہٕ سوپور کالجس منٛز۔[2] ایم اے وِزِ اوس تمِس نیٛتھر گرٕتھ تہٕ بھدرواہہ اوسُس لڑکہِ تہٕ زامُت۔ تسنٛدی کیٛنہہ جان ہندی افسانہٕ اَسی اوٗت تام شایع تہٕ گٲمتی تہِ تمن اَس پذیری تہِ حاصِل گٲمٕژ۔ بیٛین کتھن کاشرین لکھارین ہنٛدی پاٹھی یم اُردو ہندی

1. پوٚت کتھ : زوٗل اپٲرِم

2. منوج : سوال نامہٕ

پڑھ کأشرس کُن آیہ، رؤدٕ ہری کرشن تہٕ ہندی یَس منٛز تہِ برابر لیکھان ییلہِ سُہ کأشرِس افسانَس منٛز اکھ نٔو تہٕ منفرد آواز مانہٕ آو تہٕ امین کأمِل صأبن وٕن زِ کأشرِس افسانَس آمُت جمؤ د پھُٹ۔ ڈیجر اوس کأشرِس افسانس ضرؤر آمُت تہٕ ہری کرشن کول آو نہٕ صرف ہندی افسانٕک تجربہٕ تہٕ ؤطیر ہیتھ ٔلکہِ پننہٕ نِس أندی پکھٕس بے ساختہٕ محاورس تہٕ زبأنی منٛز کأشرِ یٕک تازٕ اِظہار ہیتھ۔ ہندی تہٕ کأشرِس ستی رؤز تسنٛز وأبستگی برابر اندس تام۔ ووں گو ہندی یَس منٛز پٔنن ناو تہٕ پننٛی شخصیتھ برابر موجؤ د تہٕ توجہ طلب تھٔون باسوٕ تِمَس مُشکِل ییلہِ زَن کأشرِس منٛز تَس سبٹھاہ آو بھگت سَپدے یہِ۔ تَسُند ووتھبو مون ییٚتہٕ أدیبو کہٕ نقادَو رُت فال۔ رحمٰن راہی، اختر محی الدین، امین کأمِل سارِوٕ ےگُرتیسنٛدِ افسانٕچ انفرأدیتھ قبوٗل۔ تہٕ گُرتھ تہِ رؤد سُہ ہندی یَس منٛز تہِ لیکھان۔ ٔلکہِ بعضے اُردوہَس منٛز تہِ۔ وارِیاہ ریڈیو سِکٹ تہٕ ڈراما لیکھِنٛ تِمو اُردو پأٹھی۔ ووں گو سنجیدٕ تہٕ طبع زاد لیکھُن اوس تَسُند کأشرِس تہٕ ہندی یَس منٛز برابر سَپدان۔

کالجس منٛز اوس ہری کرشنس سنسکرت علاوٕ حساب تہِ اکھ مضموٗن تہٕ اتھ مضموٗنَس منٛز أس تس دِلچسپی تہِ تہٕ مہارتھ تہِ۔ ٔلکہِ پانہٕ اوس مانان زِ حساب پرنہٕ ستی چھےٚ تس لیکھنس منٛز صحٔی تہٕ برابر زبأنی تہِ اِظہارٕچ ترٛاے پاٚدٕ گأمٕژ۔ تِسنٛدِ لڈکہٕ منوجنہِ مُطأبِق اوس تس " ییمہِ کتھِ ہُنٛد فخر زِ لیکھنس اندر اوس نہٕ سُہ زانہہ کُنہِ جایہِ کانْہہ ڈیجر یا خلاترٛ اوان تہٕ تس اوس بہتھ زِتِسنٛدِ امہِ طور طریقُک وجہہ چھُ تسُند ریاضی (حِساب) مضموٗنک طألبِ علم آسُن۔" منوج سُند وَنُن چھُ زِ میٹرک تہٕ کُہمہِ جمأژ (یتھ تیٚلہِ پری یونورسٹی کورس (پی یؤ سی) ونان آسی) منٛز پرنو وسُہ حِساب گری مأکی۔ حِسابس (یعنے جمع خرچ) کِس معاملس منٛز تہِ اوس ہری کرشن کول پکہٕ۔ آمدنی خرچہٕ سوداہَس منٛز پھلاوٹ وغأرٕ خأطرِ فأیدٕ نوقصان گنٛزراونس تہٕ تقوبلی

نتیجہ کڈنس کُن اُس تَمِس فِطری لے۔ نہ کھیٚیِہ ہے کانٛسہِ ہُنٛد نہٕ دِیِہ ہے پٔنُن کھنہٕ۔ ہمدردی گژھِ ہِس غریبَس تہٕ کم مُراعات وألِس اِنسانس کُنے۔ زِندگیہِ ہنٛز لوکچہ خوشیہِ کانٛچھنہٕ، حاصِل کٔرِتھ تِمہِ سنٛبالنہِ تہٕ پننہِ سونٛچُک اکھ سِلسِلہٕ قائیم کٔرِتھ پننہِ عملچ موزوٗنیت کھڑا کرٕنۍ اُسۍ تِہنٛدِ شخصیتکۍ زوردار صِفت۔ یِمہٕ سطرٕ لیکھن وألِس چھِ تِم واقع یاد یِیلہِ مثلن اکہِ دوہہ دوٗشوے ریڈیو کشمیر پیٹھٕ چیٚک cheque ہیتھ گٔرِ کُن پکان اُسۍ۔ ہری کرشنہٕ سُنٛد رٔویہ اوس صاف زِ تنخاہَس پیٹھ چھِ گرٕکۍ لأزِم خرچ یِدواتَد وانیرانہٕ، یہِ علاوٕ پأنٛسہٕ (1960-70 لس منٛز آسہِ ہے چک 30 ہَن یا 35 ہَن روپیٛن ہُنٛد آسان) گوٗنہٕ بنکس منٛز جمع کرُن ئلۍ کہِ اتھ گٔے ماز پاوانۍ تہٕ شُرہن بأژن ہتۍ شامنس شأدیانہٕ کرُن۔

پی ڈبلو ڈی ہَس منٛز لوٚگ ہری کرشن اکھ ڈسپیچ کلرک 1954 ہَس منٛز 50-3-80 گریڈَس منٛز تہٕ گٔرس گیہِ مأنی حالاتھ بہتر۔ زِچھِ بیٚنہِ دُرگاجی کوٗرُکھ امیٖ ؤری یہِ نیتھر۔ ہری کرشنس کوٗرُکھ دوٗیِہ وٕہری پتہٕ 1956 ہَس منٛز راج دُلاری ایمہ ہَس ہتۍ کھانٛدر۔ گٔرس انٛدرٕ خانٛدأنۍ شریف تہٕ دانا نوش یِنہٕ ہتۍ ہیوٚتُن گرٕ ہموار پٔژہن پیٹھ آرام دیٚہہ ریل گاڑِ ہِنٛدی پأٹھۍ پکُن۔ کینٛژس کالس انٛدر ژیوٗن تمہِ زِ ہری کرشن چھُنہٕ عام قسمُک اِنسان یَس لالچ وُنہٕ والہِ تہٕ یُس اپزٕ تہٕ ریاکأری ہتۍ ضمیرس کھش کرِ۔ پبلک ورکس محکمس منٛز اوس سُہ امیر ٹھیکہٕ درن ہنٛز تارکانٛج، رشوٕخور انجینیَرن ہُنٛد اَپزیار تہٕ غریب موٗزوٗرن ہُنٛد استحصال وُچھان تہٕ افسانن (ہِنٛدی زبأنۍ منٛز) انٛدر اوس اتھ سِسٹمس نوقطہٕ چینی کران۔ تِسنٛز بے قرأری ژٕہنٛز تِسنٛزِ رفیقِ حیاتِ (یَس گٔرس منٛز رانۍ ونان اُسۍ) تہٕ یِتھُے ہری کرشنن نوکری ترٛأوِتھ جموں کشمیر یونیورسٹیہِ منٛز نوٚوِے کھُلیومُت ہِنٛدی شعبہٕ بطورِ طالبِ علم جاءین join کرنُک فأصلہٕ کوٚر تمہِ گٔرس حمایتھ۔ گٔرس گأمٕژ مأنی کمی پوٗرہ کرنہٕ خاطرٕ ییٚتۍ

تمۍ ٹیوٗشن کٔرنۍ تہٕ ریڈیو خاطرٕ باضابطہٕ لیکھُن۔ تسُند یہِ فٲصلہٕ سپُد اَخرس صحیح ثابت۔ سُہ آو ایم اے ہَس منز اول تہٕ خوش قسمتی سان گو بحیثیت سرکٲرۍ کالیج لیکچرر تہٕ مُقرر۔ پی ڈبلیو ڈی ہِچہ نوکری مقابلہٕ محکمہ تعلیمس منز ادبُک اُستاد بنہٕ نُک تسُند خاب گو پوٗرٕ۔ یِتےٚ یوت نہٕ ادب پرنُک تہٕ پرناونُک یُس بیوٗل تِمس ذہنس اندر بڑ وۄتھے ووہ نہٕ آمُت اوس تتھ دژ لیہِ اتھ وقتس دوران کُڈ تہٕ ہری کرشن کول آو اکھ قٲبل تہٕ مُستندٕ افسانہٕ تہٕ ڈژاما نِگار قبوٗل کرنہٕ۔ اتھ دوران ہیوٚتُن تسُند گرٕ تہٕ بال بچھِ لگُن۔ کٲشرٕ بن اُدیبن منز اُس کینٛہہ بڈۍ ناویمو تسُند ٹیلنٹ پژ زنو وتہٕ بلواسط یا بلاواسطہٕ رؤدی تِم ہری کرشنس کٲشری پٲٹھۍ لیکھنَس کُن ماٲیِل کران۔ تِمنے دوہَن (1967) منز دژاو کٲشرِ شیرازُک افسانہٕ نمبر یَتھ منز ہری کرشنُن گوڈنیُک افسانہٕ ''تاپھ'' دژاو۔ یہِ اوس تِمۍ 1966 ٹھس منز لیوٗکھمُت تہٕ یِہوے چھُ ہری کرشن پننہِ کٲشرِ لیکھنُک آغاز مانان۔ حالانکہِ امہِ بژ وُنٛتھ شایع گٲمژٕ تسنزٕ ہندی افسانہٕ سوٚنبرنہٕ (اس حمام میں) ستۍ اوس ہری کرشنن پنُن فن کھوچہِ کھورمُت، یُتھ زِ نامور ہندی نقاد نامور سنگھن اوس 1966 چہِ ساہتیہ اکادمی ہنٛز اَکِس محفلہِ منز وونمُت زِ خبر کٲشر لِکھاری کیٛاز چھِنہٕ ہری کرشنُن کٲشُر لیکھُت پانہٕ ناوان یِیلہِ زَن اَمِس ہندی یَس منز قدرٕ کرنہٕ یِوان چھےٚ ...... ہندی والو ہنٛز ووسہ مانُن مگر توٚہۍ کٲشری چِھو نہٕ اَمِس مانُنہٕ خاطرٕ تیار۔ خبر کیٛازٕ؟''[1]

پڑایویٹ کتھ باتھِ منز اوس ہری کرشن ونان زِ ہندی ادیب نقاد تہٕ ایڈیٹر کوٚت تہِ غٲر جانٛب داَری سان تہٕ صرف لیاقتس پیٹھ غٲر ہندی زبانۍ وٲلِس ہندی لِکھاَرِس خوشامدٕ پد گرۍ تَن مگر لِکھاَرِسے چھُ پانَس فی پہوان۔ اِظہارٕ چ یوسہٕ روانی تہٕ زبانۍ ہُند یُس بھرؤسہٕ ماجہِ زیوِ منز آسان چھُ تِچ جاے ہیکِہ نہٕ مکمل پٲٹھۍ

---

[1] پوٚت کتھ: زوٗل لیأرِم

کاشِہ بدلِ زبان زٕنہِ رٕٹتھ۔ ''تاپھ''، ''دٕہ آنہٕ شےٚ آنہٕ''، ''لاٗل مجلوٗن قصہٕ'' ہِوی سانہِ أنٛدی پکھکی مُستند تہٕ ترجمان افسانہٕ لیکھِتھ یوسہٕ ہردلعزیزی ہری کرشنن پٔراو تِتھ ہِش قبوٗلیتھ اُس نہٕ تس ''اس حمام میں'' ہکی افسانہٕ لیکھِتھ زٕنہِ میچھرٕ۔ بیٚیہِ ہیٚتی تِمٕو ستی ریڈیو خاطرٕ ڈرٛاما لیکھنٕک ییمو ذٔریعہِ تِمو سانہِ سماجٕچ اصل تہٕ فرح، خوشوٗنی تہٕ کھرٕوٗنی تصویرٕ عام بوزن والین برٛونٛٹھ کنہِ پیش کٔر۔ کاشرِس منٛز اُس اکھٕو آواز پاٗدٕ گامٕژ یَتھ سٮ۪ٹھاہ آو بھگت کرنہٕ آو۔ منٛزی منٛزی زیوٗنُن فیسہٕ یا آنریمہٕ (honoranum) رٕنٛگی پوٗنسہٕ ٹوٗنک تہِ۔ کاشُر بنوٚ تِمَس اِظہارُک قابلِ بھروٗسہٕ ذٔریعہِ۔

1958 ہَس منٛز بنوٚ ہری کرشن مول تہٕ 1962 ہَس تام ییٚلہِ کالج لیکچرر ہنٛزٕ سرکاٗری نوکری میچھس، روٗد گرس مکمل ذِمہٕ وأرِیہِ سان پوٗربر کران۔ ذِمہٕ وأری ہُنٛد ایٚحساس روٗد تِمَس دوہے ووٚں گو بھدرواہہ ییٚلہِ گرٕ پیوس الگ گرُن، مُشکل گوس۔ 9-8 ؤری روٗد گرٕنبر تہٕ اتھ وقتس تہِ روٗزِس گرٕچ کل۔ پتہٕ گوسری نگرٕ ابس پی کالیج تبدیل ییٚتہِ پتہٕ 1970 تس منٛز امرسنگھ کالیج ٹرانسفر کوٚرُکھ۔ یہِ وقت چھُ تسنٛزِ زِندگیہِ ہُنٛد تعمیری کال ییٚلہِ تِمو افسانہٕ تہٕ ڈرٛامارٕنٛگی سٮ۪ٹھاہ مولٕجہِ تخلیقہٕ کرِ تہٕ گرس پتہٕ تہِ خرٕچ برٕچ کوٚرُن۔ وُہمہِ صٔدیہِ ہُنٛد اِٹھُیم دہٕیُل (تہٕ نٔومہِ دہلکی ابتدأیی شےٚ ستھ ؤری) اوس کاشرِ ادبہٕ باپتھ سٮ۪ٹھاہ زرخیز وَق تہٕ ہری کرشن کوٚلنی بہترٕین تخلیق سَپزٕ امی وقتہٕ۔ 1978 یَس منٛز لیٚوٗکھ تِمو ''ناٹک گرِو بنٛد'' سٹیج ڈرٛاما یَتھ پتہٕ پانے ہندی ترجمہِ تہِ کوٚرُن۔ پنٛنی ہردلعزیز ڈرٛاما ''ییٚلہِ وتن کھُر چھُ یِوان'' تہٕ ''دستارٕ'' لیکھن تہٕ کتِہن کاشرٕن افسانن کوٚرُن ہندی ترجمہٕ۔ سُہ روٗد باقاعدٕ گیہِ سان دِلہِ گرٛھان تہٕ ہندی ادیبن ستی رأبطہٕ قأیم تھٲوِتھ۔ اَمہِ وقتہٕ کٕن تہنٛزٕن افسانن منٛز چھِ کھوورِ درِکہِ طرز فِکرِکی اثرات نمایاں تہٕ کٔشیرِ ہنٛزٕ زِندگیہِ لرلوٚر چھِ کٔشیرِ نبر

زِندگیہِ ہنز کشمکش، نابرابری، استحصال تہٕ غوصہٕ وغأرٕ تہٕ تِمَس زیرِ نظر یِوان۔
بطور ہندی لیکچرر ئر ہری کرشن کولن کشمیر یونورسٹیہٕ ہنٛدِس ہندی شعبس مَنٛز تہٕ کینٛژس کالس جواہر لال نہرٗ یونورسٹیہٕ ہنٛدِس شعبہٕ ہندی یَس منٛز تہٕ بطور جز وقتی لیکچرر کأم۔ ایم اے کرنہٕ پتہٕ اوس تِمَس افسانہٕ ،کس مُطأ لس کُن روحجان تہٕ خاصکر نوِ ہندی افسانہٕ (60-70 پتہٕ) ،کس فنس ستۍ أَسس سبٹھاہ دِلچسپی۔ ہندی ہِکی کمیلشور راجندر یادو تہٕ پھنیشور ناتھ رینٛوٗ سُنٛد افسانہٕ ادب اوس سبٹھاہ دِلچسپی سان پران تہٕ ژرژان۔ چنانچہ ٹیوٗن جواہر لال نہرٗ یونورسٹیہٕ منٛز ایم فِل ڈِگری خأطرٕ رینٛوٗ سُنٛد فن برائے مُطالعہٕ۔ تمہٕ پتہٕ ہیوٚک نہٕ پی ایچ ڈی کٔرِتھ ٹیمیٚک بوٚڈ وجہ شُربن ہُنٛد نوکری خأطرٕ جایہٕ جایہٕ پھیرُن تہٕ آخرس مُلکہٕ نبر گرژھُن اوس۔ نہ صرِف ہندی افسانہٕ نِگارن ہٕلی کہِ اُردو تہٕ کأشرِبن (بنسی نردوٗشنۍ رواں بیأنی تہٕ اختر محی الدیٖن معنے ساوبر اوس سُہ وبرٕ ژھناوان تہٕ سمجاوان) لِکھاربن ہُنٛد لکھٕھُت اوس زیرِ تنقید انان، حالانکہِ تنقید رٔنگۍ لیٖوٗکھ تِمۍ سبٹھاہ کم۔ افسانس منٛز اوس صحیٖ تہٕ موخصر الفاظن اندر زِندگیہِ ہنٛدی اہم (سگنی فِکنٹ) پزٕر بیان کرنہٕ ،کس حقس منٛز۔ چالاکی یا تگن گری سان اشارن تہٕ علامتن منٛز افسانہٕ لیکھنَس خلاف اوس۔ کتھہٕ وُلٹہٕ وُریبہٕ وَر دِتھ پرن وألِس پننہٕ عٔلمک روب ترٛاوُنس اوس خلاف۔ کأشرِس منٛز یوسہٕ اسلوٗبی نہج 75-1970 دوران آیہٕ تہٕ جدیدیتہٕ ،کس ناوس پتھ یوسہٕ عارضی تبدیلی افسانس اندر آیہٕ تتھ ستۍ تہٕ أَسس نہٕ برابری۔ ہٕلی کہِ ونان اوس زِ کینٛژن نوبن تہٕ قأبل کأشرِبن افسانہٕ نِگارن راوٕ رأوکھ وَتھ۔ بہرحال چھےٚ یہِ حقیقتھ زِ 75 پتھ 90 تس تام امہِ نام نہاد جدیدیتی نہجہ ستۍ مُتاثر گژھنے روٗ دخالِے کانٛہہ۔ خود ہری کرشن کولن تہٕ لیٖوٗکھ "پتہٕ لارن پربتھ" تقریباً جدیدی لٔہرِ منٛز ژھانٹہٕ ترنچہ کوششہِ دورانٕہ۔
یہٕ کتھ آیہِ ہیٚر کنہِ وننہٕ زِ پرواراحلہ محلہِ حق ہم سایہ تہٕ یاربأے یم تہٕ یمن

ٲسۍ سَپدے ہتۍ تجربہٕ ٲسۍ ہری کرشن کولس افسانہٕ خاطرٕ خام مال مُہیا کران۔ سارِوے کھوتہٕ نزدیک ٲسس مٲج آشینٛز تہٕ شُری۔ ماجہِ کاکنہِ ہُند اوس شکر گُذار زِ تمہِ بڈرووللہِ ہنٛدی واکھ تہٕ لُکہٕ کتھ بوزناوِتھ۔ آشینٛز رانی روز پرٛتھ خُشی تہٕ غمی خوشحالی تہٕ غربتس منٛز تمِس نکھ ڈکھ تہٕ ہری کرشنَس اوس تمۍسُند اعتراف۔ مکانہٕ شیرنہٕ سمبالنہٕ پیٹھ مول مٲج نیچھ ناوُس تہٕ شُرِ بن جان سکولن منٛز جان تعلیم دِنس منٛز روٗز رانی تمِس ہمتھ سمتھ کران۔ رانی چھُ کاشرِ زبٲنی پیٹھ جان عبور تہٕ کتھِ کتھِ پیٹھ مزاح پٲدٕ کرُن یا طنزٕ چ مِلہٕ مِش کرٕنی چھُ شریعتی راج دُلاری کول ہنٛزِ زبٲنی ہُند اکھ فِطری صِفت۔ ہری کرشنُن طنز تہٕ مذاح چھُ واریاہَس حدس تام گر واجنہِ ہُند مرہون منت۔ منوج سُند وُنُن چھُ زِ کم از کم ''تاپھ'' افسانٕک پوشہٕ کُجہِ ہُند یہ مکالمہٕ زِ دِلہِ ہنٛزٕ تیسنٛزٕ لوکچہٕ نوشہِ ہنٛز ماڈرن وبس چھےٚ پانس مِس (miss) ونان حالانکہ......[1] چھُ تمۍ مٲلِس ماجہِ ہنٛدِس ٲکِس ڈائیلاگس منٛزٕ ے گوڈٕ بوٗزمُت۔ منوج سُند چھُ یہِ تہٕ وُنُن زِ مٲج ٲس خانٛدار کاشُر افسانہٕ نِگار آسنَس پیٹھ فخر کران۔ خاصکر ریڈیو پیٹھٕ نشر گٲمتۍ کاشرۍ ڈرامہ ہستی یوسہٕ شہرت ہری کرشنَس میٖج تتھ پیٹھ ٲس رانی خُشی تہٕ فخر محسوس کران۔

ہری کرشن کول اوس نہٕ بِسیار لیکھن وول (prolific) کاشُر أدیب۔ کُنہِ کُنہِ ما آسہٕ تمۍ ریڈیو کشمیر خاطرٕ فرمٲیشس پیٹھ وقتہٕ مقررس منٛز پرٛوڈیوسرس ڈرامہٕ لیکھِتھ دِیتۍ مُت مگر تِتھی ڈراما چھِ کم۔ ریڈیو خاطرٕ لیکھنہِ وِز اوس تمِس مقصد گوڈٕ پٲنسہٕ ژور کماوٕنی آسان (یتھٕ کُنی زن تمن دوہَن یعنے 60 پیٹھٕ 90 تَس تام بیش تر ریڈیو خاطرٕ لیکھن والین ہُند مقصد آسان اوس) مگر یہِ تمۍ ریڈیو خاطرٕ (ڈراما تہٕ ٹاک) لیٚوٗکھ سُہ اوس اعلیٰ درجُک۔ ٹاک (موخصر کتھ باتھ) آسن ہتہٕ بُدی لیکھِمٕتۍ

---

[1] منوج کول: سوال نامہ

مگر پتہٕ تھۄوُن نہٕ تِہُنٛد رِکاڈ زانٛہہ موجوٗد (اَکِس اَدیبہِ دٕسی ریڈیوٹاکن ابسے وٕنتھ کِتاب چھاپِنٕس پیٹھ ووٗن تٔمۍ اکہِ دوہہ زِ ریڈیو ٹاک چھُس پہٕ شُرِس منڈل ووٛتھراوِتھ پتہٕ ترٛاوِتھ ژھنان)۔ ٹیٚلی کہِ تِہنٛدہن مشہوٗر ڈرامہن ہنٛدی مسوٗدٕ تہٕ چھِنہٕ تٔمۍ یاتہٕ موٗجوٗد تھٲوی ؤتۍ نتہٕ چھِس تِم 1990 پتہٕ دوران کٲشیرِ ژلنہٕ وِزِ تیٚتی روٗدی ؤتۍ۔

بہرحال ہری کرشن کولُن کُل افسانہٕ اَدب چھُنہٕ تعدادٕ یا جسامتہٕ لحاظہٕ وسیع۔ تِہنٛدی چھہِ ژور افسانہٕ مجموعہ۔ پتہٕ لاران پربتھ، حالس چھُ روتُل، یتھ رازدانے نہٕ زوٗل اَپارِم۔ یِمن منٛز چھِ کُل 35 افسانہٕ۔ یِمو علاوٕ ما آسن تِہنٛدی داہ باہ افسانہٕ یِم لچھاپِ روٗدی۔ کیٚنٛہہ رف شکلہِ منٛز تہٕ کینٛژن آسہِ نہٕ اَخری شکل دِنہٕ آمٕژ۔ ہری کرشن اوس افسانس زِ یا ترٛے فیر fair کاپیہٕ کران تہِ کیازِ سُہ اوس زبانۍ تہٕ صحی معنے یَس مُتلِق سٕٹھاہ موحتاط لِکھاری۔ بہرحال 1972 (پتہٕ لاران پربتھ شایع گژھنک وٕری) پیٹھٕ 2001 تام (زوٗل اَپارِم) کُل 30 ہَن وٕری یَن 45 پیٹھٕ 50 تام افسانہٕ چھُنہٕ کانٛہہ خاص تعداد۔ جسامتہٕ لحاظہٕ چھِ اکھ زٕ افسانہٕ نارمل کھوتہٕ رٔژھاہ بڑی پہان (لیکاہ، راگ وٲراگ)۔ مگر کُل 40 ہَن وٕری یَن ہنٛدِس تخلیقی کالس دوران لیٛوٗکھ نہٕ تٔمۍ صرف کاشُر افسانے (حالانکہِ یہ چھُ تِسُنٛد بوٛڈ تہٕ موثر لِکھُت) ٹیٚلی کہِ لیکھن وارِیاہ ریڈیو تہٕ ٹی وی ڈراما تہٕ اکھ زِ سٹیج ڈراما کاشِری تہٕ ہندی/اُردو پاٹھۍ تہِ۔ ڈرامہو دیُت تٔمِس ناو تہٕ پانسہٕ ٹوٗنکہِ رٔنگۍ تہِ رٔژھا موٗیا۔ ہندی پاٹھۍ چھاپِن افسانہٕ مجموعہ: اس حمام میں، ٹوکری بھر دھوپ، ارتھی تہٕ اکھ ڈراما ناٹک بند کرو۔ یِمن مجموعن منٛز چھپے ؤتۍ وارِیاہ افسانہٕ چھِ تِہنٛدہن پننہٕ نٔبنے کاشرٕہن افسانن ہنٛدی پننۍ ترجمہٕ۔ ترجمن اندر چھُ زبانۍ تہٕ اِظہارٕ لحاظہٕ وارِیاہَن جایَن موٗلہِ متنہٕ نِشہِ انحراف کرنہٕ آمُت۔ ہری کرشن کولن لیکھۍ منٛزی منٛزی تنقیدی مضموٗن تہِ۔ 1990 پتہٕ منٛز کٲشیرِ ژٔلِتھ گٔژھ تٔمۍ کینٛژس کالس جواہر لعل نہرو یونیورسٹیہِ منٛز جُزوقتی ووستادٕ سٕنٛز کٲم

تہٕ تِمن دوہَن اہم فل خاطرٕ لیچھ ہِرٕ تھپٮ۪س "پھٕنی شور ناتھ رینو: شِلپ اور سارتھکتا" کٔرِن پتہٕ شایع۔ 1990ہٕ یَس کٔشیرٕ ژٕلتھ تہٕ ؤری یَس کھنڈٕس دِلہٕ ہِندِس جواہر لال نہرو یونیورسٹیہٕ ہِندِس شعبہٕ زبان منٛز کٲم کٔرتھ آو ہری کرشن کول جۆم تہٕ پیٚتہٕ نٔوِس شۆرٕ گاٹمِتس مولانا آزاد ایونِنگ کالجس منٛز قریب دون ؤری یَن بطور سینیر گریڈ لیکچرر کٲم کٔرتھ سَپدِ بُہ سُہ جُلے 1992 یَس منٛز رِٹایر۔ تمہِ پتہٕ گو سُہ مُستقل پاٹھی دِلہِ مُنتقل پیٚتہِ تس فلیٹ اوس۔ تتہِ پیٚٹھٕ اوس شُربن نِش مُلکہٕ نبر گژھان تہٕ یِتھِ پاٹھی گو سُہ گھانا، نایجریا (افریقہ) تہٕ امریکا۔ امریکاہَس منٛزے سَپدیوس دود ظاہر تہٕ یلاج اوٗسُس چلان۔ آخرس سَپُد 15 جنوری 2009 دِلہِ اندرے پتہٕ نِس وسندھرا انکلیوٕکس فلیٹس اندر سور گہٕ واس۔

ہری کرشن کولس سَپُد مشرفُک گوڈنیُک حملہٕ امریکاکس ہوٲیی اڈس پیٚٹھ پیٚتہِ تہٕ سوالن خاطرٕ خواہ جواب دِتھ ہیوٚکُن یێلہِ بدیشی سیاحن پاسپورٹ وغارٕ وُچھنہٕ کِنہن افسرن برٛونٹھ کنہِ زنانہٕ ہتھ کھڑا گو۔ تمہِ دوہہ پیٚٹھٕ آخری دوہَس تام یِتھٕ کٔنی شُربوتس خدمتھ کٔر سُہ ہێکہِ کانہہ تہِ مول ماجٕ فخرٕ سان بیان کٔرِتھ۔ یِتھٕ کٔنی زنانہٕ راج دُلاری دِلہِ اندر رٕوٗ زِتھ سُہ ڈاکٹرن ہسپتالن تہٕ سرکٲری دفترن کوٚبنکن پھِرنوو، یِتھٕ کٔنی رفیق حیات مُشکلاتن اندر ساتھ دِنٛچ خواہش ہێکہِ پٔرتھ مرٕدکٔرِتھ۔ ووں گو ہری کرشنن تہِ کوٚر زِندگی ہِندِس مُشکل دورس منٛز سبٹھاہ ڈاڈ تہٕ شُری باٗژپاٗلِن۔ شُری سۆزِن جان سکولن تہٕ تِم گٔے دوشوٕے پٔرتھ لیکھتھ بدیشن اندر بحیثیت قابل انجینئر تعینات یِیمہٕ کٔنی تِسُند یمن مُلکن پھیرُن تھورُن تہٕ آخرس اعلیٰ پایُک علاج حاصِل کرُن ممکِن گو۔ تِسٕنزٕ زِندگیہِ ہِندی سٲری وٕہٕ چھِہ اسہِ تِہٕندِس افسانوی ادبس اندر میلان۔ واقعاتو کھوتہٕ چھِہ تِمن اندر کردارن تہٕ حالاتن مُتلِق تِسٕندی سوچُن رٔویہٕ نظرِ گژھان مثلن 1990 پتہٕ گرٕتژٕ اٗوِتھ ژلنہٕ تہٕ کٔشیرِ اندر مانوس طرزٕ زِندگی

نِشہِ دؤرنہٕ ستۍ یُس صدمہٕ لکھاربن پننہِ آیہ وبزٕھناوان۔''ہٲل'' افسانس منز چھےٚ امہِ صدمچ نٔوی یتھ حاراٗنی ہنز۔ اتھ منز چھِنہٕ تم تفصیل یِم امہِ صدمچ وضاحتھ کرِہاٗن۔ ییٚلہِ اچانک گرتۍ آوِتھ تہٕ پلونٛج فُٹِتھ جوٗم تہٕ باقے شہرن اندر رلؤکن ہٹرِ ہٹرِ پھیرُن پیو، افسانس اندر اوس تجربن ہندی تفصیل ینٛگ زیادٕ اِمکان۔ ہری کرشن چھُ واقہِ کہِ تفصیلہٕ کھوتہٕ وانٛچھ شِدت باوان۔ مگر ییٚلہِ کٲشیرٕ ہندٕبن واقاتن تہٕ تموستۍ اِنسانی رِشتن پیوٚمُت اثر وبزٕھناوُنک موقعہٕ آو ہری کرشنن ہیٚژ کٲشیرِ تہٕ ہندوستانہٕ دؤراٗ اکِس معروضی صورتحالس کاٗم تہٕ ''اونٛگج'' افسانہٕ لیٚوکھُن۔ اتھ منز ہیرٕن 90 پتہٕ کٔبن واقاتن ہندِس ضمنس منز بٹہٕ مُسلمان رِشتن منٛز تبدیلین نِوِسرِ سام۔ مگرتس چھُنہٕ کُنہِ جایہ کُنہٕ قسمُک تعصب آوراوان۔ دوٚیِم خصوصیتھ چھےٚ تتھِبن افسانن ہنٛز یہِ زِ گھرِ اندریم کشمکش، مأجہِ مألس یا شُری بأژن ستۍ تعلقاتن ہندِس اَمِس افسانہٕ نِگارٕ سُند رٕویہ چھُنہٕ بدلان تہٕ تسنٛز یہِ خصوصیتھ چھےٚ آرِورٕ تسندِس سأری سے اَدبس وحاطہٕ کرِتھ روزان۔ ہری کرشن چھُ بذاتی گرپرِوارُک افسانہٕ نِگار تہٕ امہِ وجہِ کِنۍ تہٕ چھُ مندرجہ بالا ضمنس منز تسُند لیکھُن اکِس مُستند تجربہٕ کار لِکھأری سُند لیکھُن۔

ہری کرشن کولن اوس اکِس غریب پرِوارس منز زنم ہیوٚتمُت تہٕ پننہِ قأبلیتہٕ تہٕ میٚحنتہٕ ستۍ تُلُن گرِتھوٚد۔ مألس ماجہِ کٔرن خدمتھ مکانہٕ شوٗرُن پوٗرُن، شُربن دِژن تھٔذ تعلیم۔ بٔڈی لٔڈکن (منوجن) کٔر سری نگر انجینئرَ کالیجہِ بی۔ای ڈگری حاصِل تہٕ لوکُٹ (آشیش) آورٔ سہ پیٹھ انجینئرَی کرِتھ۔ دوشونی میچہِ جان نوکریہ تہٕ مألس ماجہِ کرنہٕ تموتہٕ سپو اکرنس کانہہ کمی۔ ہری کرشنن وُچھ پٔنُن اوٗند پوٚکھ تہٕ دُنیاہ قُربتہٕ چوٗ نظروتہٕ ہمدردیہ سان۔ تسُند نظریہ اوس پرِوارٕکٔبن رِشتن ہنٛزِ نزدیکی تہٕ دؤرِ ستۍ تشکیل پژاوان تہٕ تسُند رٕویہ اوس گرس تہٕ دُنیاہَس (سماجس تہٕ سِیاستس)

درمیان تال میل قایٔم کرنہٕ چِھ انفرأدی تہٕ اجتمأعی کوٗشش ہِنٛز نوعیت پنٕنہٕ آیہٕ سمجنہٕ سٕتۍ بنان۔ یِہوے چھُ تِہنٛدِ تخلیقُک وجہہ تہٕ تہٕ عمل تہٕ۔ تِہنٛد لیکھن رٔویہٕ روٗد تِہنٛزِ زِندگی ہِنٛدِس تتھ دوٚہس تام زِندٕ یوٚ تام تِس یاداشتن ساتھ دیُت۔ أخرس سپُد تِس مشرپھ بیمارِ dementia ہُنٛد حملہٕ تہٕ جسمأنی طورتہِ گو وارٕ وارٕ ژھوکان۔

ہری کرشنٕنہِ زِندگیہِ ہِنٛدِ اکہِ أخری دوٚہُک اکھ واقہٕ چھُس بہٕ مانان (شاید) تِہنٛزِ زِندٕگی پیٹھ تِہنٛد اکھ برمحل کمنٹ comment۔ امہٕ واقعُک شأہد چھُ یمہٕ سطرٕ لیکھن وول۔ 2008 ہکِس وٕندس منٛز اکہِ دوہہ گوس بہٕ أمس (وسُنٛدھرا انکلیو دِلہِ) خبر۔ نہٕ پرٛزنووُنس بہٕ نہٕ میٲنۍ آشنیٚ راجہٕ۔ منٛزی اوس اکھ کتھاہ گران تہٕ پتہٕ واریاہس کالس ژھوپہٕ۔ پنٕنہٕ زنانہِ رأنی مُتلِق ووٗنُن زِ ''یہٕ لیڈی lady أس راتھ تہِ ییٚتۍ'' چارپایہِ پیٹھ اوس وٕتھی وٕتھی گرٛھان پنٕنہٕ نِس بڈٕ روٗمس منٛز (یوٚت اژنُک کأنسہِ اِجازتھ اوس نہٕ۔ نہٕ زنانہٕ تہٕ نہٕ نیچوٚس کأنسہِ یِم ووپرتہٕ دخل انداز باسان أسس)۔ تمہِ دوہہ گو بڈٕ روٗمس منٛز تہٕ تتہِ أنِن گوڈٕ ''یتھ رازدانے'' کتابہٕ ہِنٛز اکھ کاپی تہٕ سو واپس تھوٗتھ دوٗیمہِ لٹہِ ''زٔول اپأرٕم''۔ یِتھٕ کٔنۍ مےٚ پیٹھ کنہٕ لیٚوکھ بہٕ پرٛزنووُنس نہٕ بلکُل مگر خبرکتہِ تام تِل ژبٕتس منٛز اوسُس شاید کُس تام یادٕ ورُق وُنہٕ موٗجوٗد۔ مےٚ باسیوٚ زِ مٕ ہاونہٕ خأطرٕ انِن یمہٕ کِتابہٕ مگر مےٚ دِژن نہٕ۔ دوشوٕے لٹوٚ آو کتاب ہتھ روٗد کمرس منٛز باگ کھڈاتہٕ بڈٕ بڈٕ بیٚوٚٹھ زَن تہٕ شُری لے (rhyme) کانٛہہ گوٚبنہٕ۔ خبر یہٕ لے نُما کہاوت کِتھٕ أسس یادتہٕ اتھ منٛز پنٕن ناو درج کٔرِتھ کمہِ غرضہٕ، کیاہ وننہٕ خأطر گیوٚن:

''ہری کرشن کول (''کول'' زیٚٹھٕ روٗن بےربطہٕ پأٹھۍ بُتھس پیٹھ ٹیوٚٹھ اُسُن ہیُو واہرأوِتھ)

دانہِ تول (''تول'' لفظ تہٕ زیٚٹھٕ روٗن مگر حقارتہٕ سان ہیُو)

تژ کرٕ گیٖی ہٕج (یہِ سطر وٕنِن یکدم تہٕ رعبہٕ سان)
...... گیٖی کٕج'' (یہِٕ سٕطر گوٕ ان ہیٚوٚٹھ تژرِ پوٚپ کرِنہٕ)

یہِ چھُنہٕ مےٚ یاد ''زنانہٕ گیٖی کٕج'' وونہٕ رِکنہٕ ''مٲج گیٖی کٕج''۔ یہِ تُک بندی چھےٚ مؤلہٕ کہاوت۔ تعجب اوس زِ دہمٲغی پریشانی باوجوٗ دٲمِس رِکتھ کٔنی اُس یہِ یاد تہٕ پننہٕ حالژ پیٹھ رِکتھ کٔنی کٔرِن لاگوٗ۔ پتہٕ تھوٚبن دوشوے رِکتابہٕ واپس کُٹھس منز، درواز کوٚرُن بنٛد تہٕ آوتہٕ بیٚوٚٹھ بژ وٹھِ پٲٹھی بڈس پیٹھ سنجیٖد گیہ سان تہٕ خاموش۔

کمرس منز ٲسی تژےٚ نفر ٲسی دِلی تہٕ ذہنی تکلیفہٕ سان یہِ سوٗرے وُچھان۔ رانی ٲسی ٲش گنٛڈ آمتۍ۔ مگر تمہِ تژ وولو تہٕ اُسن۔ اَسہِ تہٕ ژاوزوٗ ہیٚوٗ تہٕ اسہِ تہِ کر ہمتھ اسنس۔ تمہِ وؤن زَن تہٕ پانسے ستۍ ''زنانہٕ گٔرتھن ژیےٚ کٕج''۔ پانس ستۍ ونان تہٕ اَسان اسانۍ ہیٚوٗ ووتھروو تمہِ اوٚش تہٕ ژایہِ کَجنس منز۔ راجہِ میٲنی آشینٛز تہٕ وٕژھ تس پتےٚ تہٕ ژالیس پتہٕ پتہٕ۔ رانی اُس نہٕ ودان ئلی کہِ یٖیمہِ ہمژ سان سوٚ تٔھس مرٲیضس خدمتھ کران اُس تمہِ رِکنی اوس تمہِ ناپُرساں حالاتن مقابلہٕ کرنُک اکھ دِلیر وٕطیرٕ تہٕ ہیٚوٗ چھُمت۔ تمہِ ٲنی اَسہِ سارِنۍ رِکژ چاےَ بنٲوِتھ تہٕ بڈ بے نیٲزی سان زن تہٕ پانہٕ سے ستۍ وؤنُن ''نا ےَ بہٕ نےٚ چھُس نہٕ ودان۔ یہِ یہِ کران چھُ تمہِ ستۍ چھُ اُسن زیٲدٕ تہٕ وِدُن کِھےٚ یوان۔'' تہٕ ہری کرشنس اوس بتِھس پیٹھ نہٕ اَسُن تہٕ نہٕ وِدُن۔ سُہ اوس یِمو دوشوٕ ےَ جِبلتن ہنٛز وحدواپور توٚرمُت یٖیتہِ مشرپھ سٲری سے سم سوٚ تُرکران چھُ۔ صرف زن اَسِس زندگی ہنٛدی کم تام کُڈری تجربہٕ بےٚ شوٗنٛکی سوٚ درٕ ملرن ہنٛدی پٲٹھی ووتھان، اوندُرژ ھٹان تہٕ غاۂب گژھان۔

دسمبر 2008 ٹھٔس منز گوس بہٕ جوٚم واپس ینہٕ بژ ونٛتھ ٲخری لٹہِ تمِس خبرِ۔ تمہِ وِزِ اوس سبٹھاہ بے چین۔ نہٕ اوس کُنہِ کرِژ بیٖہان تہٕ نہٕ ژھوپہٕ کران۔ نہٕ اوس یورچہِ کتھِ جواب دِوان۔ صرف اورچہِ یورچہِ کتھ ظٲہری بےٚ ربطگی سان بولان۔

سانہِ دُنیاہہ مُطأبِق اوس نہٕ تسٕنزن کتھن کانٛہہ منطقِ مگر مےٚ باسوٕ تِمن منٛز أسی تسٕندبن تِمن ءکتبن بےتحریرافسانن ہٕنٛدی خدوخال، واقع تہٕ کِردار یمو زٕنم ہیوٚک نہٕ لُبِتھ۔ تِم سأری أسی یَتھ فأنی دُنیاہَس پٔتن أخری اِظہار حوالہٕ کرنٕچ کوٗشِش گران۔



# تخلیق : اکھ موخصر سام

## پرٛتنگ گوٚب بار

ہری کرشن کول سُنٛد کُل لیکھُن کال چھُ تقریباً 50 ہَن ؤری یَن ہِنٛدِس وسیع کنواسس پیٹھ پھہٲلتھ۔ اتھ وقتس دوران لیٚوکھ تٔمۍ کٲشِر ہندی اُردو تہٕ کم کاس انگریزی زبانَن منٛز۔ حالانکہِ لیکھُن کوٚر تٔمۍ اُردو ہندی افسانو پیٹھ 1950ہٕ یَس منٛز شوٗرۄ مگر تسُنٛد بیش تر لیکھُن چھُ کٲشِرِس منٛزٕ ے۔ ہندی یَس منٛز کوٚر نہٕ تٔمۍ لیکھُن بنٛد۔ چوٗنکہِ ہندی یَس منٛز تہِ چھِ تسٕنٛدی افسانہٕ مجموعہ ناول تہٕ ڈراما شایع گامتۍ۔ اکھ تنقیدی کِتاب تہِ۔ مگر کٲشِرِس منٛز اوس سُہ نُمایاں پٲٹھۍ تہٕ زیٛادٕ سنجیدٕ گیہِ سان لیکھان۔ ونان تہِ اوس پانَس کٲشُر افسانہٕ نِگارٕ ے۔

اسہِ چھےٚ خبر زِ کُل چھِ تسٕنٛدی ژور افسانہٕ مجموعہ۔ گوڈنیُک یعنے "پتہٕ لاران پربتھ" چھپوٕ 1972ہٕ یَس منٛز تہٕ ٲخری "زوٗل اپٲریم" 2001ہٕ یَس منٛز۔ 2001ہٕ پیٹھ تقریباً 2005ہٕ ژس تام تہِ لیٖکھۍ تٔمۍ کیٛنٛہہ افسانہٕ یِم چھپے یہِ تہِ مگر کُنہِ مجموعہ چہِ شکلہِ تِمن ترتیب دِنُک تسُنٛد خاب رُوٗ دتعبیر گژھنَے۔ تٔمِس کوٚرُن دودیُس بڈانِٕ گوتہٕ ٲخری دِتُن 2009ہٕ یَس منٛز امانتھ۔

ہری کرشن کول چھُ پانہٕ لیکھان زِ 1966ہٕ یَس تام اوس سُہ ہندی یَس (حالانکہِ شوٗرۄ کریوٚن اُردو ہَس منٛز تہِ) منٛز لیکھان تہٕ تمہِ پتہٕ ہیوٚتُن کٲشری پٲٹھۍ لیکھُن۔ پتہٕ چھُ لیکھان زِ "تاپھ" چھُ تسُنٛد گوڈنیُک کٲشُر افسانہٕ یُس امین کٲمل

ہِنٛدِس وَنہٕ نَس پیٚٹھ "کاشُر شیٖراز" کہِ خاص افسانہٕ نمبر خاطرٕ لیٚوکھُن۔ یہِ افسانہٕ تہٕ بیٚیہٕ امہِ علاوٕ 8 افسانہٕ چھِ تٔمۍ ہِنٛدِس "پتہٕ لاران پربتھ" مجموعس منٛز شأمِل۔

یہِ افسانہٕ مجموعہ چھُنہٕ صرف ہری کرشن کول ہِنٛدِس دُرِس تخلیقی سفرس منٛز زبردس اہمیتُک حأمِل بلکہِ کأشرِ افسانہٕ کِس توأریخس منٛز تہِ چھُ اتھ اہم مقام حأصِل۔ امہِ مجموعٕکۍ افسانہٕ "تاپھ"، "دہ آنہٕ شےٚ آنہٕ"، "کرفیو" تہٕ "پگاہ" چھِ بے شک سبٹھاہ اہم کأشرۍ افسانہٕ یِمو ہری کرشن کول بحیثیت مُنفرد افسانہٕ نِگار قأیِم کٔرۍ۔ چنانچہ یِمن افسانن ہُنٛد اسلوٗب تہٕ زبان روٗز مُصنِف ہِنٛدِس تخلیقی شخصیتس پیٚٹھ آخرس تام حأوی یِیمہِ کِنۍ سُہ اکھ صاحب طرز افسانہٕ نوٗیس گٔنٛزراونہٕ یوان چھُ۔

گوڈنیُک افسانہٕ مجموعہ ؤنِتھ ہیکو نہٕ أسۍ "پتہٕ لاران پربتھ" مُصنِف ہِنٛز کانٛہہ ابتدأیی خام کوٗشِش مأنِتھ۔ یِمن افسانن چھےٚ تِژھ ہِش پوٚختہٕ گی یِژھ کانٛسہِ تہِ کُہن مشق لِکھأرِس آسنہٕ گژھِ۔ پَزر چھُ یہِ زِ 72 لس تام آسۍ تٔمۍ طبع ازمأیی ہِنٛدۍ 22 وری کٔڈۍ ہٕتۍ یتھ وقتس دوران تٔمۍ ہندی پأٹھۍ واریاہ کیٚنٛہہ لیٚوکھمُت اوس۔ سُہ اوس ہندی ادیٖک پروفیسر تہٕ پروفیسری اوس نہٕ صرف نوکری خاطرٕ کران۔ تَسُنٛد مُطالعہ تہٕ معأصر تخلیقی ادب پرنُک تہٕ تتھ پیٚٹھ بحث تہٕ تفکُر کرنُک سِلسِلہٕ اوس باضأبطہٕ پأٹھۍ جأری۔ بلکہِ یِتہِ ہیکو ؤنِتھ زِ لیکھنہٕ کھوتہٕ اوس سُہ زیادٕ پران۔ صرف اوس نہٕ تدریسی کِتابن تام محدوٗد روزان یہِ زَن اکثر کالیج یا یونورسٹی ووستاد کران چھِ۔ تِمس اوس بہلہِ پایہِ ہندی اُردو تہٕ کأشرِ تخلیق کارن سٟتۍ ووتھُن بِہُن۔ مگر تمہِ کھوتہٕ زیادٕ اوس تہِنٛدِس ادبی شخصیتس منٛز اکھ اہم عنصر یتھ أسۍ "تخلیقی دروٗن کأری internalisation" ؤنِتھ ہیکو۔ یُتھ مُتأثر گژھُن چھےٚ اکھ عام کتھ۔ مگر پٔرِتھ گٔرِتھ تمی بہانہٕ پننہٕ نِس ذیٚہنس اندر کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ تخلیقی سِلسِلہٕ حرکتس منٛز أنِتھ پننہٕ

نِس انفرأدی تجربس زبو دِنٛ۔ یہِ گےٚ تخلیقی درٕوٚں کأری۔ یہِ عمل چھُنہٕ عام آسان...... اتھ منٛز چھُنہٕ اثر تژاون وول ادب کُنی دژینٛٹھمان روزان۔ یہِ چھُنہٕ تقلید تِکیٚازِ انفرأدی تجربہٕ چھُ لِکھأرکہِ ہٕنٛدِ الگ تہٕ مخصوص شخصیتک جوہر پیش کران۔ ہری کرشن کول اوس روٗسی افسانہٕ نِگار انتن چیخوف ہٕنٛدِ فنک قأیِل۔ گوڈنیُک مجموعہ ''پتہٕ لاران پربتھ'' چھُن تٔسی منسوٗب کوٗرمُت۔ اتسابس منٛز چھُ ونان زِ چیخوفن کوٗر ربوایتی افسانہٕ ''دفن''۔ تِمس اوس یٖیمہِ کتھِ ہُنٛد شدید احساس زِ افسانہٕ گرٛ ژھِ تجربس بے ساختہٕ زبأنی تہٕ محاورس منٛز پیش کرُن۔ یہِ گرٛ ژھِ نہٕ باسُن زِ موضوٗع یا کِردار چھُس مصنوعی۔ تمیُک ورتاو گرٛ ژھِ تجربِچ بجأے ازخود کرُن نہٕ زِ کُنہِ فارمولاہس یا قأیدس تحت۔

مجموعُک اہم ترین افسانہٕ ''تاپھ'' چھُ بظأہِر اَکس وأنٛسٕ ہَشہِ ہنٛزن دوٕن نوشن درمیان تِسنٛزِ ہمدردی اضأفی وبرٛ ھنےٚ کران۔ تقوبلی وبرٛ ھنہٕ ہُنٛد یتھ تجربہٕ چھُ کِتھن افسانٛن ناولن کِھوٚ ڈرامہٕن اندر کرنہٕ آمُت۔ مگر واریاہو لیٚکھن والیو چھُ مسلس حل ژھانڈنہٕ کِس عملس دوران امیُک خأٹِص اِنسأنی پہلو نظر انداز کوٗرمُت۔ ہری کرشن کولس چھُنہٕ مسلس حل ژھانڈُن مقصد نہٕ کانٛہہ پٔژن حل دیُن۔ دراصل چھِ کُنہِ مقصدس تام واتان واتان تیٚتہِ لوٕکٕڈ لوٕکٕڈ مسلہٕ پأدِ گأیتی آسان زِ مسلو کھوتہٕ زیادٕ چھُ افسانہٕ اکھ خأٹِص اِنسأنی صورتحال روزان۔ یَتھ افسانس منٛز چھِ پوشہِ کُجہِ ہنٛزِ کمزوٗریہِ تِہٕنٛدی لوکٕٹ موٕکٕٹ اغراض، تِہٕنٛدی سوٗنٛچن رٕوییہِ وغأرِتس اکھ ٹھوس کأشُر کِردار بناوان۔ نہٕ چھےٚ سو تِژھ ربوایتی مأج یَس مُتلِق لول تہٕ بے نیاز محبت آسہِ، نہٕ چھےٚ سو تِژھ خودغرض ہش یوٚسہِ نوشن پانہٕ وأنٛی ژُونأوِتھ دوہ کڈان آسہِ۔ تِہٕنٛدی غرض چھِ بے زور، تِہٕنٛدی اعتقاد چھِ بلا تعصب اوے تہٕ چھےٚ نہٕ سو شِٹھ۔ وندس اندر دِلہٕ ہُنٛد خوشوٗن تاپھ چھاوان چھُس زِچھِ نوشہٕ

ہِنٛد بن شُر بن کھۄژمژ ترِ یاد پیوان یم کٲشیرِ چھِ۔ لوکُٹ نیچو چھُس آرامُک باعث مگر امہِ کِنہٕ چھِنہٕ تِمِنٛدِس رٲویَس یا تِمِنٛزِ زنانہِ ہِنٛدِس مغربی لایف اسٹایلس معاف کران۔ دون نیچوٕ بن ہنٛزن زِنٛدگین درمیان معاشی تفاوت آسبس دِلس سنان مگر سو چھِنہٕ تِہنٛدِ زِنٛدگیہِ اندر دخل دِوان۔ تِمُنٛد سونٛچ چھُ سطحس پیٹھ ہموار باسان۔ سو ییٚلہِ زِچھِ نوشہِ "ہانٛزِنی" ونان چھےٚ تہٕ لوکچہِ نوشہِ "گۄنٛدٕ فاترٕ ہنٛز کوٗر" تس چھُ اکوے غرض زِیمہٕ گرٛھن تس رِوایتی احترام دِنہٕ۔ دِنَس نہٕ تہٕ تِمُنٛد رِوایتی سونٛچ پھُٹہِ یہِ نہٕ تس منظوٗر چھُ۔ چھوٹی (لوکچہِ نوشہِ) ہُنٛد مکانہٕ لسُن بسُن کھۄن چن تہٕ طور طریقہٕ وُچھِتھ چھےٚ أندری خوش گرٛھان تہٕ کانٛچھان بڈِس نیچوس تہِ آسہے یِتھ سوکھ نصیبس۔ کٲشیرِ وٕنٛدس اَنٛد رشُر بن ترِ اژانہِ تہٕ دِلہِ اندر پانہٕ تاپھ چھاوُن یہِ تضاد چھُ تس أندری کوٗران۔ دراصل یم تضاد پوشہِ کُجہِ پریشان کران چھِ تِم چھِ کاشرِ سونٛچکی تِم رِوایتی تضاد یِمو کاشرِ زِنٛدٕگی ہتہٕ بدِہوٕ وٕری یَو پیٹھِ آوِرِتھ تھاوِمژ چھےٚ۔ امہِ تضادٕچ علامتی جھلک چھُ افسانہٕ نویس اَسہِ اشارن منٛز ہاوان۔ مگر یم اشارٕ چھِنہٕ سستہٕ یا مُتعصب سونٛچس ہس دِوان تِکیاز ِیم چھِنہٕ مُتعصب سونٛچکی پاداوار۔ یہِ خصوصیتھ چھےٚ خالص کاشرِ کِردارٕچ تیٚچ اکھ زوتہٕ وٕنی مِثال پوشہِ کُجِ چھےٚ۔ یہِ زانِتھ زِ دِلہِ ہنٛز پاکِستٲنی امبیسی (سفارت خانہٕ) چھُنہٕ مندریہِ زَن تمہِ اندازٕ لگومُت اوس تہٕ چاندنی چوکس منٛز برُقہٕ پوش زنانہٕ بےخوف پھیران تھوران وُچھِتھ چھےٚ پوشہِ کُجِ پیٚنٛن اندازٕ لگاوان۔ "گوڈٕ آسی (یعنے اقلیتی بٹہٕ) مارِکھِ تتہِ (یعنے کٲشیرِ اندر) یمن (اقلیتی مسلمانن) مارن ییٚتہِ (دِلہِ)۔ مگر دِلہِ کِس دٕہمس کیٛاہ گری زِ؟"

یِتھٕ کنہٕ "تاپھ" افسانہٕ نُمایاں طورا کہِ پرِوارُک افسانہٕ چھُ مگر ستی چھُ پننہِ وقتہٕ کِس سِیاستس تہٕ سماجی رِشتن پیٹھ تہٕ ہلکہٕ پھُلکہٕ اندازس منٛز راے زٕنی کران تمہِ ستی چھُ افسانہٕ نگار ہری کرشن کولنہِ سونٛچن تہٕ لیکھن نہجہِ ہُنٛد پے میلان۔ "پتہٕ

لاران پر بتھ'' مجموعس منز باقے افسانہٕ چھِ اتھ سوچن نہجہِ رژھاہ بیٚیہ واش کڈان۔ وُچھِو تو مجموعکی ''وہمہٕ''، ''کرفیو''، ''وُکرٕ'' چھِ نُمایاں طور پننِس وقتس پێٹھ کم کاس سِیاسی کمنٹ کران مگر چھِ یِم افسانہٕ بنیادی طور انفرادی سوچن ژ وی یکی غماز۔ یِمن منز چھِنہٕ کانہہ سِیاسی جانب دآری درینٛٹھ گژھان۔ ''اٲنٛ''، ''دِوتاتہٕ ڈآن'' تہٕ ''پگاہ'' چھِ بُنیادی طور ذاتی نوقطے نِگاہَس وضاحت کران تہٕ کرتھ تہٕ چھِ یِم وقتہٕ کِبن سماجی رِشتن اندر وُسعت پژاوان تہٕ صرف ذاتی نہٕ روزان۔ یعنے یِمو منز ہکو نہٕ کُنہِ افسانس مُتلِق یہِ وَنِتھ زِ یہِ کیاہ چھُ اوٚک طرفانہٕ یا معذوٗر سوچن ژ وِشہِ ہُنٛد زاویُن ہیتھ۔

''دُکرٕ'' چھُ اَکِس اَدیبہٕ سنٛزِ نظرِ صورتحالس پێٹھ کمنٹ کران۔ مفہوم چھُ یہِ زِ یُس پنُن ضمیر مارِ، فایدٕ بخش سِیاسی لیڈرن قصیدٕ گوٚیی کرِ سُہ چھُ کامیاب دُنیاوی زِندگی گُذاران۔ یُس دانِش وٗری موٗجب رِیاکاری نِش گُریز کرِ تہٕ پنُن نظریہِ پژتھ قیمتس پێٹھ رچھِ سُہ چھُ ورفارتہٕ تباہ حال آسان۔ کتھ چھےٚ افسانس منز سبٹھے موٗثر پیرایس منز ونہٕ آمٕژ ییلہِ اکھ حساس اَدیب پنہٕ نِسے دُکری بائیس ہوٚٹ چیران چھُ تہٕ پنہِ دُنیاوی فایدٕ خاطرٕ کامیابی ہنٛز وَتھ ژاران چھُ۔ افسانہٕ چھُ ونان زِ اَزی کِس سِیاستس چھِ ضمیر فروش دانشورٕ بکار تہٕ دانشورن تہٕ چھِنہٕ اتھ کامہِ اند رنوقصان کانہہ باسان ماسوائے یزٕ ادبی ایمانداری چھکھ اکی وِزِ ہوٚٹ چیرُن۔ افسانہٕ نِگارس چھُ پتہٕ وُنِن زِ امہِ قسمٕچ رِیاکاری چھےٚ زیادٕ پرٕی لیکھی مِتس طبقس اندر آسان یُس بیرونی سماجس منز اکھ انداز یا پوسچر posture اختیار کران چھُ تہٕ پرایوٹ زِندگی منز بیا کھ۔ تسُنٛد بیرون انداز چھُ مُروجہ تصوٗرن ہُنٛد مثالی روٗپ پیش کران مگر پرایوٹ زِندگیہِ منز چھُ سُہ صرف آرام دیٚہہ زِندگیہِ باپتھ مطلب تہٕ غرض پوٗرٕ کرنُک سنٛز کران روزان۔ تسُنٛد پبلک موکھُٹ چھُ تس نِش

اپہارِ چ ووِمید تھوان یہِ لتس نجی زِندگیہِ اندر تکلیف دِتھ ہیکہِ۔ ''وہمہ'' افسانُک پیر زادِ چھُ پروفیسر تہٕ تسُند کردار چھُ نام نہاد دانِش ورن ہنزِ زِندگیہِ ہِندِ تضادن ہُنِد مُرکب۔ أکِس نفرٕ سِندِ بہانہٕ چھُ افسانہٕ نِگار سانہِ سماجِچہِ اتھ ٹاکارٕ مگر کھٔٹِتھ تھونہٕ یِنہٕ واجنہِ کمزوٗریہِ وُرُن تھوٗ دتُلان۔ ''وہمہٕ'' افسانس منٛز چھُ صرف اکھ صورتحال اسہِ برٛونٛٹھ کُن اننہٕ آمُت۔ افسانُک راوی چھُ اکھ سُہ کردار یُس پننہِ حاضِری ستۍ یوت بیٚیس کردار سُند تضاد ہاوان چھُ۔ ''کرفیو'' افسانُک مفہوم تہِ چھُ امی قسمچہِ رِیاکاریہِ تہٕ سماجی رٔویس وُرُن تُلُن مگر تتھ اندر چھےٚ کردارن درمیان باضابطہٕ بحث لاگے۔ أکِس مأنِس تہٕ پوٚتھرٕ سنٛز، اکہِ سماجی طبقٕچ بیٚیس ستۍ، نوجوان پُیہِ تہٕ بُزرگن درمیان بحث لاگے۔ اتھ منٛز تہِ چھِ سیاسی مسلہٕ تِتھے کٔنٛز تُلنہٕ آمٕتۍ یِتھٕ کٔنٛز ہمن منٛز۔ اتھ منٛز تہِ چھِ مسلن پیٹھ لِکھأری سُند باضابطہٕ کمنٹ یا راے زٔنی موجوٗد۔

ہری کرشن کول یِیلہِ کأنسہِ کردارس کاٹھکرس منٛز کھڑا کرِتھ أکِس مُنصِفہٕ سٕندی پأٹھی تسٕندِس وٕطیرس پیٹھ فأصلہٕ دِوان چھُ تتھ فأصلس منٛز چھنہٕ سیاستھ آسان۔ معاملہٕ یُس زیرِ سماعت آسہِ، تتھ اندر کأژاہ تہِ سیاست أستن۔ ''کرفیو'' کِس نظر بنٛد حالتس منٛز قأد کردار ہیکہِ وٕلِتھ تہٕ بعضے غأر مُنصفانہٕ کلامہٕ کرِتھ۔ ''بب اگر میوٗن مول چھُ یہِ چھا میوٗن کانٛہہ قصور۔ مےٚ چھنہٕ تس ستۍ کانٛہہ ہمدردی۔ بہٕ چھُس تس نفرتھ کران۔'' تسُند یہِ رٔویہِ چھُ تسٕندِس مخصوص تناظرس منٛز وُچھِتھ فطری باسان تکیا زِ سُہ ہیکہِ نہٕ معروضی نظرِ حالاتن جایزٕ ہیتھ۔ تسُند پنٕن حال تہِ چھُنہٕ تسٕندِس تناظُرس منٛز وُچھِتھ غأر فطری۔ بین تھوٚونہٕ چھانہٕ سُند کاگُد اوٕ کٔنٛز بنٛد زِ سُہ اوس بدل اعتقادُک۔ یِتھٕ کٔنٛز بب اکہِ مخصوص سماجی تہٕ معأشی طبقُک اکھ لوکُٹ نُمایِندٕ چھُ، ووستہٕ محمد تہٕ چھُ بیٚیہِ طبقُک نُمایِندٕ، أکی تھوٚو کاگُد بنٛد تہٕ بیٚیے تھوٚس

چھانہٕ رَچ۔ افسانہٕ نِگار چھُنہٕ اتھ مقدمس منز طرفدأری کران تِکیاز ِ معاملے چھُ ژٕ کہِ کمزور۔ یہِ مکانے چھُ آوسیٖوٗمُت یتھ مُتلِق تس بعضے یہِ سوٗنچتھ دِلچ فراغتھ ہش یِوان چھےٚ ''تس باسے یہِ اکھ عجیب خُشی۔ اکھ فراغتھ'' یہِ سوٗچِتھ زِ ''ممکن چھُ از راتھ کیٚت دِیہِ کانٛہہ یتھ مکانس نار۔''

ہری کرشن کوٗلنہِ افسانہٕ چھِ عام طور سماجُک صورتحال حأشیہٕ کنہٕ کردارن ہٕندِ ذٔرِ ہاوِنس دوران ووتلان۔ تِہندی یِتھی کردار چھِ باپرجا یا مُہذب سماجکی استشنا آسان مگر پننہِ ماحوٗلچ تہٕ وقتچ أہنہٕ دأری چھِ تِمن ٚکٔنہِ کران زِ نمایِندٕ حٕیثیتھ چھِ پرٛاوان۔ یِم افسانوی کردار پننہِ طبقہٕ یا تأرِفُک نُمایِندٕ کردار پیش کران چھِ تِم چھِ بعضے وِیکھرٛ اربدِ کڈان۔ تِمن ہِکو نہٕ صرف نمایِندٕ کردارٕ نٛتھ بیان کٔرِتھ۔ حأشیہِ کنہٕ کردارن منز چھِ ''دُکرِ'' افسانُک رأوی تہٕ ''پگاہ'' افسانٕکی مکھنہٕ تہٕ سُلہٕ۔ یِم چھِ حقیقتُک اکھ انتہأیی روٗپ ہاوان یُس دُرِس سمأجی ؤطیر چھِ رِیاکأریہٕ وُرِن ٹلان چھُ۔ امہِ مقابلہٕ چھِ ''تاپھ'' افسانٕچ پوشہِ رَچ، ''دٕہ آنہٕ شٔے آنہٕ'' افسانٕکی پروفیسر، ''وہمہٕ'' افسانُک پیرزادٕ صأب تہٕ ''دِوتاتہٕ ڈأن'' افسانٕچ ہی بٹِنی تہٕ سونہٕ مال سماجہٕ چِن کیٹٛرگرن نمایِندٕ نِہِن ہِندی نمایِندٕ۔ یِم کردار چھِنہٕ غأر اغلب یا انتہأے (extreme)۔ مثلن ہی بٹِنہِ چھُنہٕ ہشہِ ہٕندِ بیمہٕ ٚکٔنہِ رِنس پوٚرٕ پأٹھی بُتھ تہِ وُچھمُت تہٕ گیِہ وبدوا (موٗنڈ)۔ ووٚنی چھےٚ بأیس بٔے کاکنہِ نِش موٗزوٗری کٔرِتھ زن دوہ کڈان۔ اتھ حالس منز تُنٛد تارا چند ہوِس پاک کردارٕ یُس أشناوس کُن رأغب گژھن چھُ قدرتی۔ تارا چند چھُس نہٕ حوصلہٕ افزأیی کٔرِتھ حوٚس پوٚرٕ کران تیٚمہِ ٚکٔنہِ سو پشیمان چھےٚ تہٕ ووٚنی مورِدٕ تاراچندس کھورٕ رٔٹِتھ منہٕ منزی معأفی منگان چھےٚ۔ سُہ کرِ مُروجہِ قدرن منز پرٛیتھومُت پرٛتھ اِنسان۔ امہِ مُقابلہٕ چھےٚ امی افسانٕچ تاراوتی یعنے تاراچندٕنی زنانہٕ یَس لوٗکھ ڈأن ونان چھِ تِکیازِ رِنس تاراچندس نِش

اُس نہٕ سو لولُک تیُتھ اِظہار کران یُس بوزنہٕ تہِ یِیہِ ہے۔ دراصل چھےٚ لتس خبر زِ تارا چند چھُنہٕ مرد۔ اَخرس پیٹھ چھےٚ سو سرس فاش کران۔ ''ووٚنۍ دزاوسہٕ گرِ منٛزٕ۔ ووٚنۍ چھُسو ونان۔ بہٕ ہِسی چھُسو ستہٕ ؤرِش، بہٕ ہِسی چھُسو شرٛ ؤژ۔'' یِتھٕ کنۍ چھےٚ تاراوتی نُماینٛدٕ سماجی رِوایتس استشنا مگر سماجس کوتاہ سوٗسُر چھُ ژامُت، زِنٛدٕ کردار کِتھٕ کنۍ چھِ پنہٕ نٕبن پھِر کہٕ ونٕبن جذبن ہوٚٹ چیرِنس پیٹھ مجبوٗر گژھان، بدنٲمی تُلان مگر دم گرِتھ سورُے ژالان یہِ چھُ تیسنٛدٕ ؤطیرٕ ستۍ ثابت گژھان۔ یہِ تہِ چھےٚ سمارٕچ اکھ شکل یوسہٕ سماجہِ کِس بہاوس ستۍ وسان بوزنہٕ یِوان چھےٚ مگر چھےٚ اَکِ سے جایہِ رٕہِتھ گامژ۔ یہِ شکل چھےٚ مہذب سماجہِ کِس حاشیس پیٹھ ووتلان۔ یہِ چھےٚ بظاہِر کھرِ ونۍ مگر چھےٚ پرٕز۔

''پگاہ'' افسانکی ملکھنہٕ تہٕ سُلہٕ چھِ ترٛ ووٗہ ؤہرِ واتان مگر ژوٗرِمی جمأژ منٛز اُتھی پرایمری سکوٗلس منٛز پران یِیتہٕ اَسی تِم شوٚرۍ پیٹھٕ اَخرس تام وُچھان چھِکھ۔ یِم چھِ سکوٗلہِ کِس شٹھٕ گامتِس ماحولس منٛز یِتھٕ وِتتھٕ باقی روزنہٕ خاطرٕ لگاتار کوشش منٛز مصروٗف تہٕ خوش۔ یِم چھِ ماشٹرٕن تاران تہٕ کامیابی سان کُنہِ قسمٕچ تہٕ ذہنی تبدیلیہِ مذاحمت کران۔ سرکٲری سکوٗلہٕ نِبر یِم ماحول (یُس افسانہٕ نویسن سماجہٕ کِس بیٚیِس انتہاہَس پیٹھ یعنے کانونٹ سکولہِ کِس صاف سُتھرٕ تہٕ پھولوٚنس سوٚتھرِس پیٹھ نقش کوٚرمُت چھُ ) چھُ اتھ ماحو مُتضاد تہٕ مختلف۔ تمہِ پھولونہِ ماحولُک چھِ یِم زٕ کردار صرف دزشُن کران، رژِ کھنٛڈِ فراژک سو کھ تُلان تہٕ بیٚیہِ پنہٕ گوژِ اژان۔ نہ صرِف چھِ یِم کردار رِوایتی ادبی کردارن استشنا بٔلکہِ چھُ یہِ افسانے رِوایتی ادبی افسانس استشنا۔ بہرحال چھُ استشنا رِوایتی حقیقتس زیادٕ قوت بخشان تہٕ تتھ زیادٕ وبژوٗن بناوٗن۔ یِتھٕ کنۍ مُصنِفن سکوٗلکی لوکٕٹۍ موکٕٹۍ منظر دِتھ، لوتہٕ وأے مزاح پادٕ گرِتھ تہٕ بیانیا narration کہِ صحیٖ استعمالہٕ ستۍ یہِ افسانہٕ پرنٕس لایق تہٕ توجہ انگریز

بنومُت چھُ تمہِ ستی چھُ یہِ اکھ شاہکارُک درجہ پرٛاوان۔

هری کرشن کولن چھُ ''پتہٕ لاران پربتھ'' ناوٕک افسانہٕ امہِ مجموعہ کہِ ناوٕ خاطرٕ ژورمُت حالانکہِ یہِ افسانہٕ چھُنہٕ امیُک بہترین افسانہٕ۔ امیُک خاص ذِکر تہِ کوٚر نہٕ نقادو یہِ کتاب شایع گژھنہٕ برٛونٛہہ یا پتہٕ۔ مگر هری کرشن سٕندِس طالبِ علمہٕ سٕندِ خاطرٕ چھُ یہِ افسانہٕ کیٛژٕ ونوقطو کنہِ اہم۔ یہِ افسانہٕ چھُ اکھ قسمُک بیان تمہِ لائحہ عملُک یُس هری کرشن افسانن منٛز ورتاوان چھُ یا قایِم کران چھُ۔ سُہ گوٚ یِزٕ افسانہٕ چھِ دیدٕ دانستہٕ معروضی محاورس تہٕ ہِجس منٛز لیکھنہٕ یِوان۔ تِہنٛدی ساری افسانہٕ چھِ سطحی طور رِوٲیتی یا حقیقت پسند باسان یِمن منٛز لِکھارٕ موضوٗعس یا کِردارس ستی بظاہر کُنہِ قسمٕچ تہِ جذبٲتی طرفداری ورتاوان چھُنہٕ۔ یِم افسانہٕ نگار حقیقت پسندی ورتاوان چھِنہٕ تِکیازِ یہِ چھکھ فوٹوگرافی باسان (یِمیُک مؤلہِ وجہ اتھ فنس پیٹھ تِہنٛد عبور نہٕ آسُن چھُ) تِم چھِ پتولاکن کُنہِ جذبٲتیس تل گژھان یا تمہِ ستی مرعوب گژھان۔ هری کرشن چھُنہٕ جذبٲتیہٕ ستی مرعوب گژھان حالانکہِ جذباتن ہنٛز فطرت، تِہنٛد وٕتلُن تہٕ بوڈُن، انسٲنی رِشتہٕ بناونس منٛز تِہنٛز اہمیتھ وغارٕ چھےٚ تس خبر۔ خٲر مذکوٗر افسانہٕ چھُ کیٛژٕ واقعاتو تہٕ واقعاتن ہنٛد بو کیٛژٕ و اشارو ستی تسُند موقف یہِ ڈٲلِزٕ تہٕ اعلانکی پاٹھی ڈرراوان۔

اتھ افسانس منٛز چھِ وارِیاہ بظاہر الگ الگ واقاتھ اشارتاً دِنہٕ آمتی۔ تِمن سارِنے ہنٛز کتھ چھےٚ الگ پاٹھی اہم تہٕ مُصنِفہٕ سٕندِس ذیٚہنس چھےٚ برابر آورأوتھ۔ تِم چھِ اشارن منٛز تہِ زِندگیہ ہنٛدِ بن کھُربن ستی تِہنٛز وابستگی ہاوان۔ مثلن ٹھیکہٕ دٲر چھُ سرکٲری عمارتھ بناوان تہٕ ستی ستی (سرکٲری سامانہٕ ستی) گرِ تہِ تعمیر چلاوان۔ مُنہٕ چھُنہٕ مُصنِفس (دراصل راوی یَس) خاص مازان باکہ کتام کانٛہہ مستہٕ وٲلِس ستی جورِ ماران۔ اتھ پیٹھ چھُنہٕ راوی یَس تہِ اعتراض تِکیازِ تس چھےٚ پننٛی کمزوری پتہٕ

بلکہ بلکہ (بلکی کر)

ہے۔ سُہ چھُ نتّے دِیُور۔ کُس تام ادیب چھُ سرکاٗری سرپرستی حاصِل کٔرِتھ بیٚیِس ادیبس ادبی ایمانداٗری ہُند درس دِوان۔ یہِ ریاکاٗری چھےٚ راوی سٕندِ مُطابِق مضحکہٕ خیز۔ واقع چھُ مصنِف صرف اشارن منز بیان کران تہٕ بیان کٔرِتھ چھُ دراصل نفرتھ ظاٗہر کران تِکیٛازِ بیانٔک لہجہٕ چھُ طنزیہ۔ صرف چھُ اکھ واقع یُس سبٹھاہ موموٗلی چھُ تہٕ یِیمہِ نِش راوی جسماٗنی تہٕ ذیٚہنی طور سبٹھاہ الگ تہٕ دوٗر کھڑا چھُ۔ دوٗرِ چھُ ٹرانِسسٹرس پیٹھ کیاہتام ویوٗدھیٚوٗ کُس تام باٗتھ چلان۔ یِہوے الگاو تہٕ دوٗربر چھُ دراصل افسانہٕ نِگارٕ سُند موٗلہٕ رٔویہ طے کران۔ امہِ رٔویہٕ کنی چھُ مُصنِف صورتحالس پیٹھ طنز تہِ زبردس کٔرِتھ ہیٚکان۔ مہاگنپتہٕ سٕنز کیٛنٛژ موٗرتھ یتھ برٛونٛٹھ کنہٕ بھکتی گُلی گٔنڈِتھ زارٕ پار کران چھِ، تہِ چھےٚ تِسٕندِ طنزچ شکار بنان۔ پربتھ چھُ تِس پتے لاران باسان یٚیلہِ سُہ زاٗنہٕ کٔدلہٕ پیٹھٕ ٹانگس پٔتہٕ مِہ سپٕدِ بیٚہان چھُ۔ پربتھ یعنے کاٗشرِ تواٗریخ ثقافتھ تہٕ مذہبک اکھ بوٛڈ نشانہٕ چھُ تِس پتے لاران باسان یٚیلہِ سُہ امہِ نشہِ دوٗر ژٕلنچ کوٗشِش کران چھُ۔ وجہہ چھُ یہِ زِ تِس چھےٚ تخلیق کرنہٕ کہِ ژھِہہِ رِوایتھ، سماجچ ساخت، اپزیار تہٕ رِیاکاٗری ہُند عمل سورُے کھران تہٕ سُہ چھُ یمو نشہِ دوٗر روزُن یژھان۔ صرف چھُ دوٗرِ روزُون کُستام بےٚ پرٛزنتھ ساز پوٚز۔ چونکہِ رِیاکاٗریہ نشہِ مکمل فرار چھُنہٕ مُمکِن، امہِ دُنیاہہ نشہِ بےٚ لاگ روزُن تہِ چھُنہٕ مُمکِن۔ بطور تخلیق کار ہیکہِ سُہ امیُک بے لاگ تصویر عکساوِتھ۔ اتھ دُنیاہس کُن تسُند رٔویہ تہٕ امہِ دُنیاہک تسُند بیان دوشوے آسن تیٚلی پزٕ تہٕ ایماندار یٚیلہِ سُہ تمن ہتی کاہہ جاٗنب داٗری ورتاوِ نہٕ۔

تصویرن ہُند اکھ قسم چھُ کولاج (collage)۔ اتھ منز چھِ یا تہٕ بظاٗہِر سبٹھاہ مختلف خاکن، تصویرن، بُتھن، جِسماٗنی انگن، جانورن، چیزن مطلب مختلف موضوعن ہٕندی تصویر، تِہنز ربلہٕ یا ٹُکرٕ اکھ أکِس لرِ لوٚر لاگنہٕ یا مرنہٕ یِوان یُتھ

اکوے بوڑ تصویر بنہِ۔ یہِ تصویر چھُ مختلف پہلوٚدن ہُند جنٛڈ ہیُٚو باسان مگر یمن جندن منٛز چھُ مُصورِ سُند اکھ نوقطئے نظر یا مفہوم ووتلان۔ یا تہٕ چھُ پانہٕ مُصورِ مختلف چیز (جاندار یا بے جان) کھنڈی پھُٹ صورتن منٛز یا ٹُکرن منٛز کُنہِ بیرُونی ربطہِ ورأے بناوان۔ مگر تمن منٛز تہِ چھُ وأحد نوقطئے نظرُک اکھ ربط موٗجوٗد آسان۔ ہری کرشن کولہٕ سٕنٛدِس یتھ افسانٕس منٛز چھُ مختلف لِسأنی تصویرن منٛز اکھ ربط موٗجوٗد سُہ گو چھُنہٕ جذبأتی لگاوُک بٔلکہِ معروضِیتُک۔ واقع یا کردار بیان کٔرِتھ تہِ تتھ ستیٖ نہٕ کانٛہہ انفرأدی یا اجتمأعی جذبأتی رِشتہٕ ہأوِتھ دِیُن، یودوَن سُہ رِشتہٕ تتھ اندر پٔرِتھ جایہِ موٗجوٗد آسان چھُ۔ یہوے معروضی زٲویہ چھُ امہِ افسانُک خاصہٕ۔

امہِ افسانہٕ ستیٖ مُصنِفہٕ سُند یُس بیان statement اَسہِ برٛونٛہہ کُن یِوان چھُ سُہ چھُ یہِ زِ تواریخ کلچر سمأجی رِشتہٕ سأری چھِ اہم تہٕ انسانس بطور سمأجی روکُن زِنٛدٕ روزنہٕ خأطرٕ فروری مگر تہٕ کٔرِتھ تہِ ہیٚکہِ تخلیقی ذہن منٛز اِنسان یمو نِشہِ بے؛ اگ یا بے نیاز روٗزِتھ۔ یہِ سُہ بے نیأزی ہُندِس ذہنی ژِہس منٛز تخلیق کرِ سُہ آسہِ زیادٕ مُستنٛد۔ ہیٚرِ کنہِ آوونہٕ زِ ہری کرشن کولن حقیقت پسند افسانوی پیرایہِ چھُ بے نیأزی ہُند یتھ معروضیت تہِ وُنتھ ہکو۔ یمہِ مجموعہ پتہٕ شایع گأمتین باقے ترٛن مجموعن منٛز چھُ افسانہٕ نِگار باضأبطہٕ پأٹھی پننہِ اتھ اسلوبی نہجہٕ ستیٖ وأبستگی نِباوان یا تہٕ چھُ تخلیق کاردیدٕ مان پأٹھی نتہٕ صرف پَس منظرس منٛز مگر شعوری طور افسانن اندر موٗجوٗد لبنہٕ یِوان۔

○

# یہِ وۄہل راتھ

''حالس چھُ روٗتُل'' چھُ بے شک ہری کرشن کول سٕنٛدِس ادبی سفرس منٛز اکہِ ہوٲلی اڈٕچ حیثیت تھاوان یُتہٕ پٮ۪ٹھہ سُہ زبردس وُپھ تُلان چھُ۔ پننہِ وقتٕچ فہم، نوزُک مگر دٲررِس تبدیٖلین ہنٛز حسیتھ تہٕ موثر محاورٕچ تلاش، یمن تریشوٕنی ادبی علاقن منٛز چھُ تسُنٛد تخلیقی ذٔہن آزادانہٕ طور پھیرِتھ تھٲرتھ تہِ ہبکان تہٕ قدم ٹھہرٲوِتھ تہِ ہبکان۔ پننہِ وجودی کیفیتھ پرٛزناونہٕ خاطرٕ چھُ تس بعضے جنوٗن ہِوان باسان۔ بعضے چھس موٗیوٗسی ہنٛز وُنل نال ولان مگر کیفیتھ سمجتھ سو پننہِ انفرٲدی منطقہٕ ستی شکلاوٕنی تہِ وٕنی چھُ یژھان۔ یمن افسانن منٛز چھُ مُصنِف پرٛانہِ نسبت زیادٕ اعتمادٕ سان ثٲبت کرُن یژھان زِ تجربٕچ پیچیدگی چھنہٕ لازِماً زبٲنی تہٕ اسلوبچہِ پیچیدگی ہنٛدِ خاطرٕ کانٛہہ منطق مُہیا کران تہٕ اگر ے افسانٕچ زبان یا اسلوٗب ورل تہٕ گٹٕل بناونہٕ یِتھ کانٛہہ موٗلہٕ تجربچہِ پیچیدگیہِ ہنٛز دلیل دِیہ سو دلیل ہیکہٕ نہٕ قابلِ قبوٗل أسِتھ۔ کُنہِ تہِ افسانس منٛز کانٛہہ ادبی یا نیم ادبی بیان دِنہٕ ورٲے چھُ افسانہٕ نِگار صورتحالچی زبٲنی کیٛنٛہہ اہم تنقیدی نوقطہٕ تُلان تہٕ تمن پٮ۪ٹھ کھُلہٕ راے زنی کران۔ یہِ چھُ افسانہٕ چہِ سہل نرٕیشنہٕ کِنی مُمکِن سپُد مُت۔ ہری کرشنُن یہِ دوٗیِم مجموعہ یُس گوڈٕنکہِ پتہٕ 13 ہہِ وٕہری درٛاو تہٕ یتھ منٛز کُل بل اکھ درجن افسانہٕ چھِ، ہیکون أسی اوہوٗنٛد اکھ سبٛٹھ ہے اہم دستاویز گٔنٛزرٲوِتھ۔

ہیٚرِ کنہ ذِکر کرنہٕ آمُت ادبی پرٛاوُت چھُنہٕ افسانہٕ نِگار ہری کرشن کول سٕنٛزِ کُنہِ نِوقسمچہِ ادبی جانٔب دٲریہِ یا نوِ سماجی سوٗنچن رٔوِیک پے دِوان بٔلکہِ تس منٛز

چھُ پیٔ پُردگی تہٕ استقلالچ نِشاندہی کران۔ پتہٕ مِس بابس منز (وُچھو صفہٕ نمبر 46-47 آو یتھ کتھِ کُن اشارٕ کرنہٕ زِ گوڈنچی کِتابہِ "پتہٕ لاران پربتھ" ناو تھٲوِتھ (یعنے باقے افسانن تہٕ امی ناوٕ کِس سایَس تل تھاوُنک اِرادٕ بٲوِتھ) اوس مُصنِف کیٛژن سماجی کہو ادبی سروکارن کُن سون توجہہ نِیُن یژھان۔ تِم سروکار اٲسی احتجاج، پانس خلاف غوصہٕ، عام انسانس منز ظُلمہٕ چہِ کارکردگی ہنٛدِ شعورچہٕ کمی، ذہنی اننتشار تہٕ تھکتھ ژھنیٛتھ پینک موہوٗس کُن یقبال وغاٰرٕ وغاٰرٕ۔ یمو احساساتو ستی یوسہٕ شکل تتھ مجموعس منز لِکھاٰرٕ رٹان چھُ تمی شکلہِ ہنٛدی بیٛیہ بیٛیہ وِہٕ چھِ "حالس چھِ روٗتُل" افسانہٕ مجموعس منز ووتلان۔ اماپوز تہٕ چھےٚ اِظہارس منز زیادٕ صاف گویی، یوسہٕ افسانہٕ کِس متنس منز زیادٕ precision کِس صورتس منز ٹاکارٕ چھےٚ۔

یتھ افسانہٕ مجموعس منز چھِ کُل 12 افسانہٕ ییٚلہِ زَن اَہنٛدِس گوڈنِکس مجموعس منز 9 افسانہٕ شاٰمِل اٲسی۔ گوڈنِکی پاٹھی چھُ یتھ منز تہٕ اکھ پیش لفظ (گوڈٕ کتھ) یتھ اندر مُصنِفن یتھ منز شاٰمِل اَکِس افسانس (کتھ چھِ زیوٕ ہنٛز سوال چھُ ٹھوٗلُک) کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ بن افسرن سیدپٕرٕ غلط فہمی ہنٛدی تفصیل دِتہٕ ہتی چھِن۔ امی بہانہٕ چھُ مُصنِف افسانہٕ نویسی تہٕ ادب تخلیق کرنس مُتلِق پننی کینٛہہ ذاتی خیالات تہٕ پیش کران۔

"پتہٕ لاران پربتھ" مجموعس منزٕ چھُ افسانہٕ نِگار اَسہِ برٕونٛھ کنہٕ بطور تیٚتھ حساس تخلیق کار ووتلان یُس نہٕ صرف افسانہٕ تخلیق کرُن زانان چھُ بلکہ یَس اتھ فنس پیٛٹھ کتھ باتھ کرنُک تہٕ موقف اختیار کرنُک شعور تہٕ چھُ۔ یتھ مجموعس منز چھُ تسنٛد تخلیق کارتہٕ شعوری فن کار آسنُک بِتہٕ زیادٕ صاف شکلہِ اَسہِ برٕونٛھ کُن یوان۔ تقریبن ساٰری افسانہٕ چھِ ہری کرشن کولنہٕ ذاتی بیانُک زور ہیتھ زنم لبان باسان۔ یِہ سُہ واقعہٕ تہٕ کردار ذریعہٕ پیش کران چھُ سُہ چھُ ٹھوس واقعہٕ تہٕ وبژوٗن

کِردار آسنہٕ پتہٕ ہیٚیہِ تہِ کیٚنٛہہ آسان۔ تہٕ یہِ سوٗرے چھُ تٔسنٛدِ مظبوط اِرادٕ تلے نَنان تہٕ اسہِ أکِس فکر انگیز صورتحالس تانۍ واتہٕ ناوان۔ یہِ مظبوٗط اِرادٕ اوس تٔمۍ ''ڈھوٗل'' (ژھوٚٹ ناو) افسانس اکیڈیمی منٛز بدسلوٗکی سَپدنہٕ وِزِ ظأہر کوٚرمُت۔ کتھ ٹُلوأسۍ امی افسانہٕ ستۍ۔

1974 ہس منٛز اوس کول صأبن یہِ افسانہٕ ہیتھ نون (a) افسانن ہُنٛد مجموعہ کلچرل اکیڈیمیہ مأنلی مددٕ subsidy خأطرٕ پیش کوٚرمُت۔ مدد دِنہٕ برٛونٛہہ تھوٚوُکھ مُصنِفس شرط زِ ''ڈھوٗل'' افسانہٕ مہَ گرُن مجموعس منٛز چھاپ تِکیازِ اتھ منٛز چھُ ڈھوٗلو ستۍ بنگلہٕ کِس فرشس پشجار پأدٕ گرٕنُک قصہٕ شأمِل (یُس تِمَن دوٚہن أکِس سبٹھاہ اہم سِیأسی وی آے پی VIP ہَس کُن منسوٗب کرنہٕ اوس یِوان)۔ مُصنِفن دِیُت جواب زِ یہِ چھُ تٔمۍ صرف بطورِ اکھ مِتھ myth نِیوٗمُت تہٕ تتھ تخلیقی ورتاو کوٚرمُت مگر اکیڈیمی باسوٗ خبر تِمن منگن سِیأسی افسرتہٕ حأکم جواب تہٕ طنابہٕ ما چارنکھ، تِم کھوٗژی۔ سبسڈی آے رد کرنہٕ۔ کیٚنٛہہ کال پتہٕ دیُت یِہوے افسانہٕ مُصنِفن ''شیٖرازٕ'' خأطرٕ تہٕ ایڈیٹرن دیُت سُہ سیٚوٗدُے کأتبس لیکھنہٕ باپتھ۔ کِتابتھ گٔرِتھ آو تہٕ ایڈیٹرس پیش کرنہٕ۔ تِمٔس گو مسلہٕ کھڑا۔ چھاپہٕ تہٕ پھسہِ چھاپہٕ نہٕ تہٕ کتابتھ کرناوِنس پتھ رٹِس آڈِٹ audit۔ کتھ پیٚیہِ تمہِ وقتہٕ کِس سکٕرٹری اخترمحی دینِس پیٹھ۔ سُہ گو افسانہٕ ہیتھ وزیراعلیٰ شیخ محمد عبداللہ ہَس نِش۔ شیخ صأبن دوٚپہ تَس ادیبس چھےٚ پوٗرٕ آزأدی۔ نتیجہ دراو زِ افسانہٕ آو شیٖرازس منٛز چھاپنہٕ۔ یہِ سپُد ممکِن أکیڈیمی ہنٛدِ تٔمِس سکرٹری تہٕ تِمِس سِیأسی وی آے پی سٕنٛدی کِنۍ۔ بہرحال لیکھن وألِس سنٛز آزاد خیأل تہٕ اظہارٕچ آزأدی گِر اکیڈیمیہِ بحال۔ یتھ کتابہٕ ہنٛز گوڈٕ کتھ منٛز چھُ افسانہٕ نوٚیس لیکھان:

''ونہٕ تُک چھُنہٕ ضروٗرتھ زِ اکیڈیمی ہنٛدِس (گوڈٕ دِنہٕ آیتِس ...... رل

ش) فتوس تہٕ اَکِس ادیبہٕ سنٛدِ ن تخلیقی مالن منٛز امہٕ قسمچ دست درأزی بڑ وٛنہہ کنہٕ کلہٕ نوٚ مراوُن اوس میانہٕ خأطرٕ ناممکِن۔ ترٛ ے ہتھ ترٛ اَتِھ کونہٕ آسہٕ ہَن تِمو ترٛ ے ساس یا ترٛ ے لچھ روپیہٕ تہٕ بطور مالی امداد منظور کرِہٕ۔ یہٕ مشوٕر تہٕ یہٕ سنسر censor یکتہٕ پأٹھی ہیکہٕ ہے اَکِس خوددار لِکھأری سنٛدِ خأطرٕ قأبل قبوٗل أسِتھ......'' سنسر تہٕ مشوٕر دٕوشوے أسی افسانہٕ نِگار ہری کرشن کول سنٛدِس تخلیقی قوی محرکس تہٕ ایماندأری بڑ وٛنٹھ کنہٕ سوال بٔنِتھ کھڈا گژھان۔ ذِمہٕ وار تہٕ حساس ادیب آسنہٕ کنی اوس نہٕ سُہ یم دٕوشوے منظوٗر کرنس تیار۔ اوتام أسی تِمس 25 ؤری پٹھٕ افسانہٕ ڈرٛاماتہٕ تنقید لیکھان پَران تہٕ پرناوان گأمتی تہٕ تِمو أسی پننہٕ اِظہارٕچ وتھ کڈٕمٕژ۔ تِمو اوس نہٕ صرِف ادبی مسلن تہٕ سوالن مُتلِق پنٕن زاویہٕ نگاہ مُتعین کوٚرمُت بلکہ سمأجی کیو سیأسی تبدیلین کُن پنٕن رٔویہٕ تہٕ لائحہ عمل تہٕ طے کوٚرمُت۔ سُہ اگرٕ ے افسانس منٛز پانہٕ یُتھ کانٛہہ سوال تُلان چھُ تتہ پیٹھ چھُ صدق دِلی سان پٔنٕنی رأے تہٕ دِوان۔ سو رأے چھےٚ اَکِس ذِمہٕ وار تخلیق کار تہٕ تجربہٕ کار کأشرٕ سنٛز آسان۔ تِسنٛدِس اتھ نوقطہٕ نِگاہَس أس تِمہٕ وقتٕچ اہل تہٕ ذِمہٕ وار ادبی رأے حمایتھ کران۔ چنانچہٕ اختر محی الدینن نیوٗ اتھ افسانس منٛز مُستعمِل حقیقتس دفاع کرنہٕ خأطرٕ سٹینڈ stand تہٕ وزیرِ اعلیٰ ہَس تام گو۔

ہری کرشن کولن اگرٕ ے پننہٕ ن کینٛژن افسانن منٛز مُروجہ سمأجی رایہٕ عامہٕ ہَس پیٹھ پننہٕ الگ رایہٕ ہُند اِظہار کوٚر یا بعضے تتہ مخالفت کٔر، ذِمہٕ وأری یہٕ سان کٔرن۔ تِتھے کنٕی یٚیلہٕ مُروجہ یا بطور فأشن مغربی ادبی نٔہجن ہنٛدِس نقلس پیٹھ ستی زبردس اختلاف ظأہر کوٚرُن، تِسنٛدِس اختلافس پتہٕ کنہٕ اوس تِسُند تجربہٕ تہٕ مُطالعہٕ تہٕ۔ ''حالس چھُ روتُل'' مجموعس منٛز چھِ کم از کم تِتھی 5 افسانہٕ یمن اندر مُعاصر سماجی سیاسی رٔوِشن مُتلِق تِسنٛدِ رٔوی یِک تہٕ تنقیدی سونچُک باضأبطہٕ حوالہٕ موٗجوٗد چھُ۔ تِتھے

گٲژ چھِ تِمٕ ''گوڈ کتھ'' علاوٕ دوٚن افسانن اندر پنٕنہِ تمہِ نوقطے نظرچ ووکھنے کرٕمژٕ یُس تمہِ وقتہٕ (ڈٕہمہِ صدیہِ ہِنٛدِس سِتمس تہٕ اٹھمِس ڈٕہلِس دوران) خاص اہمیتھ تھوان اوس۔

''ٹھۄل'' افسانس منٛز چھُ کس تانٛی اہم ترٟن سِیأسی حأکمس بوٚنگلہٕ فرشس پٲلِشہِ خأطرٕ ترٛے لچھِ ٹھۄلہٕ ضرۄرتھ تہٕ تِسٛندی نفر چھِ لگن تلأشی کرٕی کرٕی ٹھۄل نِوان۔ راوی ہِنٛدِس یارس تہِ کرکھ تلأشی مگر تتہِ دژٕاکھ نہٕ اکھ ٹھۄل تہِ۔ یارس أسکھ زیوٗژٕ ٹھمژٕ یُتھ نہٕ سُہ یہِ کتھ کأنٛسہِ ونہِ۔ تلأشی کرن وألی تہِ چھِ دُکھی مگر حُکم چھکھ بجا اَنُن۔ راوی ہیٚتھ چھِ تِم گرٛھان امہِ مُسلک حل پرٛژھنہِ درویشس تہِ گاٹلِس کس تام نِش۔ تِمو دوشوٕے ڈألی یِم اصلی مسلہٕ نِشہٕ تہٕ وٕلتھ مٔلتھ دِتہٕ ہِکھ تِتھی جواب یِم گراہ سِری (mystic) تہٕ گرا منطقی باسان أسی مگر مطلب اوسُکھ نہٕ کہیں۔ اطمینان بخش جواباہ لبنہٕ خأطرٕ پھیرِی تِم مگر سأری وُچھکھ کتھ کھوان یُتھ نہٕ حأکمہٕ ہِنٛز ناراضگی وبتراوٕنی پیٚیکھ۔ أخر وأتی (ٹھۄلہٕ) بوٚنگلس پٔتھ یتہِ واراہ زِیوٕ دارلۄکھ لأنہِ پژاران أسی زِ فرشس چِپ لاگنہٕ خأطرٕ سیٖٹمس یِم ٹھۄل مِلناونہٕ آمٕتی أسی تِمن لۄبٔہان۔ امہِ ہِتی گرٛھِ ہے تِمن ٹھۄل کھنٛگ تسلاتہٕ فرشس پیٚیہ ہے پٲلِش کرنہٕ۔ راوی یَس گونہٕ یہِ منظر برداش۔ تِمٕ وۄن لۄبٕن والین...... ''مگر از چھُ توہہ فأصلہٕ کرُن...... اگر نہٕ توٚہی استادٕ گرٛھِو توہہِ پیٚیہ لتہٕ موٚنٛڈ کرنہٕ......'' مگر لۄکو بۄزنہٕ۔ ٹھۄل کھنہٕ کہِ مارمتہِ گٔے تِم سیٖٹمس تہٕ چِپن لۄبٔان۔ ونہٕ ہأن تہِ کیٛاہ زِیوٕ آسکھ گروی۔ راوی یَن دۄپ یِمن چھنہٕ زیوٕے مگر یوٚ تام مےٚ زیوٕ چھےٚ توٚ تام بولہٕ بہٕ......

زیوٕ ژٹہٕ نأوِتھ (اتھ خلاف چھنہٕ افسانس منٛز کانٛہہ تہِ دوکھ ناراضگی یا احتجاج ظاہر کران) تہِ صرف ٹھۄل کھٔنٛچ کل چھےٚ تِتھن لۄکن ہِنٛدِ لالچی مزاجٕچ تہٕ

ؤطیرٕ چ نِشانٕد ہی کران یِم نہٕ صرف یِیمہِ افسانٕکۍ ہم کال آسی ئلۍ کہِ ہمیشہِ آسی ٕمتۍ چھِ۔ یہِ چھُ اتفاق زِ مُلکس منز ییلہِ 1975 یَس منزٕ ابر جنسی ہٕنٛدی سخ قونٛونو ڈٕسی انفرادی آزآدی پیٹھ ٹھاکھ لۆگ تتھۍ وقتس أندۍ پکھۍ گو کٲشیرِ منز مُندرجہ بالا واقع تہٕ۔ ہری کرشن کولن کوٚر دوشوٕنۍ خلاف پنٕن قلم استعمال۔ مُقاٗمی واقع ہَس خلاف لیٖوکھن یہِ افسانہٕ تہٕ قومی واقعس خلاف "ناٹُک گرٕ وبَنٛد" ڈرٛاما۔ دوشوٕنۍ منز کوٚر ٕن تلخ زبانۍ تہٕ لہجس منز پنٕن احتجاج درج۔ زبو ژٹنہٕ یتھ تہِ پتہٕ تٔسی سِیاسی حاکمس أندۍ أندۍ گتہٕ گیٚور کرُن تیِمی تہِ کرنووُکھ، سُہ تہِ مومٕولی لالچہٕ خاطرٕ یِیٖ ونہٕ خاطرٕ تھٕرتمۍ یہِ افسانہٕ یتھ اندر پوٚز سیاسی تہٕ توأرٟیخی واقع اکہِ ادبی مِتھُک ہیوٚ تخلیقی جہار پرٕ آوِتھ ہیوٚ کمُت چھُ۔ یتھ منز نہ چھُ راوی سُنٛد یارٕ ے (یَس زبو ژٕٹمٕژ چھکھ) تہٕ نہَ باقے زبٕژٕڈۍ نوٗکھ راوی ہٕنٛدِس جذبس آنکار یا نکار رحماتھ یا مُخالفتھ کران۔ یہِ چھُ سخٹھاہ خطرناک صورتحال چھُ۔ درویش تہٕ گاٹُل یِم سماجس رہبری کران چھِ، چھِ اصلی سوالس جواب سوٗنچنہِ یا دِنہٕ بدلہٕ فضول لفاظی منزٕ تہٕ کلیشے ہَن cliche منز پرٕژھن وٲلِس گیٖر کران تِکیازِ سوالس بُتھِ لگنٕچ ہمتھ چھنہٕ کانٛسہِ۔ مصنف چھُ افسانس منز کتھِ ڈول دِنہٕ والین مذہبی سریت پسنٛدن تہٕ سماجی کبو علمی دانٛشورن دوشوٕنۍ ہزل کران ییلہِ تِہنٛد ؤطیرٕ مذحکہٕ خیز ہاوان چھُ۔ یتھ افسانس منز چھُ درویش مُریدن ہٕنٛز دونکھِ دونتھ وُچھِتھ اسنہٕ ہَنا کران تہٕ ژھوپہٕ کران تہِ کیازِ تٔمۍ چھُ آسان "ؤرِ یَس خاطرٕ مونم دورمُت۔ ژھوپہٕ ہُنٛد روزِ تھوومُت۔" گاٹُل چھُ آملیٹ تہٕ کافی چہوان تہٕ آرامہٕ سان ٹھوٚلس اندر اژِتھ تتیُک منظر یتھِ کٔنۍ ہاوان......" تتہِ اوس نہٕ کہیں۔ تتہِ اوس شُنۍ۔ سُے شُنۍ یُس ژٕ ے منز چھُ مےٚ منز چھُ تیمس منز چھُ۔ یتھ کمرس منز چھُ آکاشس منز چھُ پاتالس منز چھُ......" یہِ بے مطلب ورٕژھنے بوٗزِتھ چھُ افسانُک راوی ونان...... "مےٚ ہیٚرٕن نٕنٛدرٕ تٕنۍ......" صاف ظاہر چھُ

سماجکۍ یِم وتہٕ ہاوِکر چھِ سوال پرٛژھن والین وتہٕ ڈالُن یَژھان یُتھ پننۍ آرام دہ زِندگی تہٕ مُراعات جأےٚ کمن تہٕ اقتدار والین نِش بے خلل پأٹھۍ حاصِل کران گژھن۔ سِیأسی لیڈر تیٚمۍ پننہِ بۆنگلہٕ خأطرٕ 50 لچھ ڈھۆلہٕ سرکأرۍ وتھ لد کرِتھ حاصِل کٔرۍ تہٕ چِپس چمکأوۍ سُہ چھُ طنزُک نِشانہٕ آسۍ تھٕیے، خأ لی لفظو سٟتۍ لُکن رہبری کرنُک دعوا کرن وألۍ تہِ چھِنہٕ افسانہٕ نوٗیسس نِشن بچتھ ہیٚکۍ مِتۍ۔

''ڈھۆل'' افسانس منٛز چھُ مِتھ تہٕ فنتاسی ہُنٛد وَل استعمال کرنہٕ آمُت مگر ''اکھ صأب بیا کھ صأب''، ''سرٛنی کھیل'' تہٕ ''نہ وننہٕ لایِق کتھ'' افسانن منٛز چھےٚ حقیقتھ سیٚدِ سیوٚد بیان سَپدان۔ حقیقتھ چھےٚ سبزرس منٛزے تیرٛش ٹیٹھ زِتھ چھُنہٕ کانٛہہ ورگہٕ وِل ضرور تھٕیے۔ ''اکھ صأب'' افسانس منٛز چھِ زِ سِیأسی دُشمن یِکوٹہٕ کھسوان چوان، اکھ أکی ہٕنٛدِس شُرِس بأژن ہٕنٛدِ فلاح وبہبوٗدِ خأطرٕ اکھ أکِس مدد کران۔ سٟتۍ چھِ یِم کِرایہِ کیٚن غُنٛڈن پانہٕ وأنۍ لڑناوُنک ڈرامہِ تہِ کران۔ مگر افسانٕچ خاصیتھ یِیمہِ سٟتۍ اتھ عام تہٕ ویٚدس سِیأسی واقہس ادبی طنزٕچ خوابی یِوان چھےٚ، چھےٚ یِمن صأبن ہٕنٛدٕن مکالمن منٛز۔ یِم چھِ بِلکُل کِتأبی تہٕ رِوایتی نعرن ہٕنٛزِ زبأنۍ منٛز مکالمہٕ بولان۔ اکھ چھُ بیٚیِس ونان زِ ژٕ چھُکھ رعیت پسندٕ، چمچہٕ، اِظہارچہِ آزأدِیہِ خلاف وغأرِ وغأرِ۔ سٟتۍ تس صحتس مُتلِق نیچوِ ہٕنٛزِ پڑایہِ تہٕ نوکری مُتلِق پرٛژھان گاران تہٕ ہمدردی تہِ جتاوان۔ تشُدد چھِ دوشوے کرناوان مگر ونان تشُدد گو غلط تِکیازِ اَسہِ چھےٚ اصولن ہٕنٛز لڑأے لڑٕنۍ۔ ''سرٛنی کھیل'' افسانس اندر چھُ أکِس جایہِ 19 ہَن رتٕن لُکن ہٕنٛز اِظہارٕچ آزأدی مسخ سپدنُک ذِکر۔ یہِ چھُ 1976 یَس منٛز مُلکس منٛز امرجنسی لاگوٗ گژھنُک حوالہٕ۔ راوی سُنٛد یار (یُس دراصل أمۍ ہٕنٛدی سونٛچہِ شخصیتُک مُتبأدل چھُ) چھُ سرکس وُچھان تہٕ تتہِ أکۍ سُنٛد رزٕ گنٛڈ بیٚیِس (جوکرس) نألۍ گژھان وُچھِتھ شُرۍ ہٕنٛدی پأٹھۍ مُتأثر تہٕ خوش گژھان۔ بیٚیہِ

پھرِ چھُ سُہ دوٚہَس سنیما ٹکٹہٕ لاگنہِ منز کھڑا روزان۔ فلم چھس پسند تِکیازِ اتھ منز چھُنہٕ اَخرس تام نِنان زِ وِلن Villain کُس چھُ۔ دوٚشوٚنی مُظاہرن منز چھُ کھیل وُچھن وول آنٹہٕ اَنتھ یا اسناوِتھ بڑس اندر گرِفتار کرنہٕ یِوان تہٕ شو show ہاون واکی چھِ ہارٕ وٹان۔ امرجنسی منز تہٕ آوی کرنہٕ۔ بے گوناہ تہٕ سادٕ لُکن مزٕ آزاریہِ پیٹھ چھاپہٕ پینہٕ ستی چھُ افسانہٕ نِگار زبردس مجروح محسوٗس کران۔ تس چھُ باسان یہِ چھُ تسی قتل کرنہٕ خاطرٕ کرنہٕ یِوان۔ اِظہارٕچ آزادی چھےٚ تس زِندگیہِ ہنٛز ضمانتھ۔ سُہ چھُ تِتھین لُکن زبردس طنٛزُک شِکار بناوان۔ افسانہٕ نِگارس چھُ دوکھ یِز 19 رِتھ گرٕچھتھ تہٕ سُہ دور وبتراوِتھ تہٕ اوس نہٕ تِسنٛدِس راوی سُند مُتبادِل (دوس) "بالیِغ بنٛیوٗمُت"۔ اتھ متوازی چھےٚ رائے وِ یِس لوکچارٕچ کتھ یاد پیوان یێلہِ تس مول اکہِ پتہٕ بیا کھ فریب دِتھ وتہٕ پکناوان اوس۔ لوکچار چھُ کچہِ عقلہِ ہُند وَق آسان تہٕ ووٚنی یێلہِ دونکھ کھیٚیہِ ہے نہٕ ئِلی کہِ پننہٕ مرضی پکہِ ہے تہٕ ووٚنی چھُ تھکان۔ ووٚنی چھُ پرٕژھان "ییم کونہٕ مےٚ صاف صاف وَنان مےٚ کوٚت چھُ واتُن۔" یہِ صورتحال چھےٚ عام لُکن لوتہٕ پاٹھی منظور تِکیازِ تِمن چھُ بہتھ زِ اتھ منز چھُ کیاہتام سِر یتھ تِم پرٕاوان چھِ تہٕ نیرتَس۔ یہِ غارٕیقینی چھےٚ تجسُس پادٕ کران لگاتار تجسُس مگر چھُ یہِ فریب یتھ خلاف افسانہٕ نِگار پنٛنۍ رائے ظاہر کران چھُ۔

"ڈھوٚل" افسانس منز اوس فنتاسی ہُند وِل مکمل پاٹھی استعمال کرنہٕ آمُت۔ یہِ افسانہٕ اوس اکھ بلاواسطہٕ تہٕ بے لاگ کمنٹری اَکِس زبردس حساس مالس پیٹھ۔ کمنٹری اَس نہایت سادگی سان تہٕ جذباتیتھ قوبٕ کرِتھ بیان کرنہٕ آمٕژ۔ تِمیُک فن اوس کانٛہہ فنی وَل ڈیٖشمان نہٕ آسنس منز۔ افسانچہ کم بیائی منز "سرٕنی کھیل" چھُ اَکِس آبجیکٹو صوٗرتحالس حقیقتُک روٗپ دِتھ پیش کران۔ تتھے کنی چھُ "اکھ عُریاں کتھ" (عُریان) تہٕ "شمشان وارٕاگ" (شمشان) اَسہِ بڑوٚنٹھ کنہٕ

اکہِ معروضکی خدوخال تیتھٕ کٔنہ پیش کران زِ اسہِ چھِ تمکی تفصیل حقیقی سچویشنہٕ کھوتہٕ زیادٕ قابلِ اعتبار باسان۔ افسانہٕ نِگار چھُ یمن افسانن پنہٕ ہموار بیانیا کہِ جادِ ستی موثر بناوان۔ صورتحالس چھےٚ پۆرِ پۆر یا مُبالعہ آمیزی یا کم بیأنی کرِ رٔتھ۔ ''عُریانس'' منز چھُ کالیج پروفیسر بانبرِ کنہ پتلوٗن لاگنہٕ ورأے کلاسس اژان۔ ''شمشانس'' منز چھُ موردٕ ہنز ارتھی پھیکِن پێٹھ ہتھ نفروتہٕ پکان پکان پانہٕ وأٹس نِش ٹھہران تہٕ کرکٹ کمینٹری بوزان۔ یتھٕ کٔنہ چھُ مُصنف سُچویشنہٕ ہنزِ حقیقژ منز فنی دخل دِتھ تمن زیادٕ موثر بناوان۔ یہ تُسنٛد دخل دیُن چھےٚ شعوری کوٗشش یتھ افسانہٕ نہ صرف واقع یا کِردار پیش کرِ ئٚی کہِ مُصنفہٕ سُنٛد ذأتی راویہ نگاہ تہٕ شکلاوِ۔ دخل دنچہِ کاروأیی کنہ چھُ افسانہٕ نِگار گراحأران کُن کِردار پیش کرِتھ (عریانک پروفیسر گراغأر معمولی سُچویشن پأدٕ کرِتھ (مو ردٕ نکھن پێٹھ أستھ تہٕ وتہِ ٹھہٕرتھ گژھن) واقعاتن بظاہر ہموأری تہٕ بے زوٗ حقیقتھ نِگأریہ بدل معنے دِوان۔

ہری کرشن کوٗلنہ کِردار چھنہٕ سماجکی آرام پسند طبقکی سہل انگار لُکھ ئٚی کہِ حأشیکی شخص یمن مُتلق تُسنٛد خیال چھُ زِ یِہنٛز زِندگی تہِ چھےٚ معنے ژھاران یودوے یم حالاتن ہنٛدِ استحصالکی شِکار چھِ۔ ''عُریانس'' منز اگرے پروفیسر ننگے کالیج آوٕ یہ کوٗر نہٕ تمی زأنتھ مأنتھ ئٚی کہِ وشف گوس۔ کلاس وقتس پێٹھ رنٛچ کل کٔرن اپماندأریہِ سان۔ تمٕس چھنہٕ کانٛس منز سپدن واجبن عنوأنی ین تہٕ سرکأری فنڈن خرد بُرد کرن وأٹس پرٛنسپلس تہٕ پروفیسر خلاف کہیں شِکایتھ تہٕ نہٕ چھس دِلچسپی۔ پأنس چھُ سمجاوان ''متہٕ ہاوی تن مےٚ ستی ہمدردی۔ متہٕ بہری تن پۆز ونہٕ نس۔ مےٚ کیاہ ہیکن یم کٔرتھ......'' مگر أخرس چھُ تس اپزیارتہٕ بےدیانت سماجہِ ریاکأریہ ہنٛدِ دٔسی دِنہٕ پنہٕ وول سزا ٹلنے پیوان، تِکیازِ سہ چھنہٕ نمایاں نظامُک حصہ ئٚی کہِ تتھ ستی اختلاف کرنُک جُرتھ کران۔ پروفیسر أستھ تہِ چھُ سہ امہِ سماجہِ کس حأشیس پێٹھ۔

یتھے کٔنز چھِ ''شمشان'' افسانکی پبڈرو، ٹارزن، ڈاکٹر سیٹھ پہلوان مُہذب تہٕ بے فکر سماجہٕ کِس حاشیس پیٹھ پے متی کِرداریمن عام پاٹھی غنٖڈ دربدری وأران جہات رابہِ رنٛدک وغارٕ ؤنتھ ملامت سَپدان چھےٚ۔ مگر یم تہِ چھِ بُنیادی اِنسأنی جذبہٕ تھوان تہٕ عام سماجی رِشتن پأروی کران۔ یتھین کِردارن ہنٛز ہری کرشنٕنز تصویر کٔشی چھےٚ باسان رِوایتی ترقی پسندن ہنٛز ہِش۔ مگر فرق چھےٚ یِہ ترقی پسند چھِ یتھین شخصن سماجی تبدیلی ہنٛدی آلۍ کار ؤنتھ تِمن ہنٛزِ سادگیہِ پیٹھ مصنوعی کِتأبی انقلاب حأوی کران۔

ہری کرشن کول یتھِ کٔنز مصنوعی انقلاب پسندی ستی اختلاف تھاوان اوس تیتھے کٔنز اوس نام نہاد جدید یتیٚ کِس اثرس تل افسانُک خدوخال بدلاونہٕ کِس ؤطیرس تہِ مُخأ لِف۔ تِمس یٚتھن تہِ موقعہٕ میلان چھُ یمن دوشوٕنی ادبی انتہاہن چھُ نوقطہٕ چینی کران۔

''ازچھِ اکثر ادیب تہٕ ادب نواز جدیدیت تہٕ تجرید یتیچہٕ تمہِ وُنلہِ تہٕ گٹہٕ زلہِ نِش تنگ آمتی یتھ منٛز پتیمین کیٖنژن ؤری یَن ہُنٛد ادبی ماحول ہینہٕ اوس آمُت۔ ازچھِ أسی پایَس پیٚمتی زِ ادبس منٛز چھُ تحریک سنٛبر ہیٚنٛز ہنٛزِ شُبدٕ بأزی کھوتہٕ زیادٕ اہمیت تھوان...... کتھِ ادب ہیٚکہِ تیٚلی آفاتمن تہٕ آفأقیتس منٛز لنگ لنٛجہِ واہرأوِتھ یٚیلہِ تمکی مؤل زمان ومکان چہٕ زمینہِ منٛز ڈٔرِتھ آسن......'' (گوڈٕ کتھ: حالس چھُ روتُل)

''ماڈرن آرٹ ؤنی توس یا جدید یت۔ یہِ چھِ ووٕنی ادبس منٛز تہِ ژامژ۔ نہَ حض تران نظم فکرِ نہٕ افسانہٕ......''۔ ''دشگُر چھُ زِ سیأستس منٛز آیہِ نہٕ وُنہِ یہِ جدیدیت۔ تیٚلہِ کتہِ آسہِ ہے اسہِ اکھ أکی سُنٛد نوقطہٕ نظر فکری ترانٕ۔'' دوشوٕے ترٛ ووأسن کھنگالہٕ۔ (اکھ صأب بیٚا کھ صأب)

یتھِ کٔنز ہیٚرِ کنہِ ونہٕ آو ہری کرشن کول چھُ پرٛتھ سمأجی کنہٕ ادبی مسلس

مُتلِق پنُن ذأتی ردِعمل دِوان یُس سُہ بیان کرنہٕ بدلہٕ صورتحالس منٛز ہأوِتھ دِوان چھُ۔ دُسرٕنی کھیلس منٛز چھُ ونان زِ عام تہٕ بے وسیلہٕ انسانس چھُ أخرس تتھ لأنہِ منٛزٕ ے کھڈا روزان پیوان یوسہِ پزٕ دِلہٕ ظُلمس خلاف آسہِ۔ یوسہٕ احتجأجی نوعیچ أسِتھ تہِ مجبوری سببہٕ ژھوپہٕ گرِتھ آسان چھےٚ۔ حالانکہِ بوُلن چھُ تمن ہِنٛدِ خاطرٕ اکھ دٕستیاب مُتبأدِل (option)۔ کانٛہہ ییٚزٕ ھ تہٕ زبو ہیکہِ استعمال گرِتھ۔ ٹھۄل افسانٕک مفہوم چھُ یِی۔ بعضے چھُ بولنہٕ کھوتہٕ موزوٗن قومس صرِف انتظار گرُن اکھ وتھ آسان تِکیاز ِ گٹہٕ زوٗلس منٛز دِوٕ دَوکرنہٕ ستیٚ واتہِ نہٕ انسان کُن (عُریاں تہٕ حالس چھُ روٗتُل)۔ یہِ دُنیا ہیٚکہِ ظأُلم تہٕ بےغرض أسِتھ۔ عام انسانہٕ سنٛز شرافتھ سمجہٕ تسنٛز کمزوٗری۔ تِتھِس صورتحالس منٛز چھُ بہرحال پنُن پان رِٹٕہٕ کڈُن تہٕ بوس ژھانٛژھُن (نہَ وننہٕ لایق کتھ)۔ تمہِ خاطرٕ اگر سمأجی ناراضگی تہِ موٗلی ہیٚنٛز پیٚیہِ چارٕ چھُنہٕ (بٹن ہنٛدِ خاطرٕ درمہٕ کتھا یوسہٕ مسلمان بأے تہِ پُرِتھ ہیکن)۔ ادب تہٕ فن کِس تخلیق کار یا کلاکارٕ سنٛدِ خاطرٕ اوس ہری کرشن کولُن افسانہٕ ''رأک وأراگ'' تسُنٛد اکھ ادبی سٹیٹمنٹ یُس اکھ محض ذأتی تجربہٕ ذأتی نوقطے نگاہہٕ کِنہ وٕرٕ ھناوان چھُ۔ امہِ افسانٕچ خوٗبی چھےٚ یہِ زِ اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ سٹیٹمنٹ یا بیان گُنہِ مکالمس یا بیانیاہَس منٛز۔ جدیدی افسانن اندر أسی بیان دِنہٕ یِوان تہٕ مُصنفہٕ سُنٛد موقف اوس اِبسے ہٕچ شکل پٕزاوان۔ امہِ افسانٕک راوی چھُ رأ ژہنٛزِ انہِ گٹہِ منٛز دارِ پیٹھ بہِتھ ہم سایہِ اکہِ کلاکار پروارچہِ زِندگیہِ ہنٛز اکہِ فِلمی جھلکہِ ڈٕسی پنٕنی وٕرٕ ھے تہٕ کمی ہُنٛد اکھ تصوٕیر مُنقش کران۔ وُنٕ چھُس زِفن یا کلاکأری چھےٚ انفرأدی تہٕ اجتمأعی آرام تہٕ سوکھچہِ قوربأنی پتےَ حاصِل سَپدان تہٕ راگ (سنگیٖتچ رُکُنہِ فنُک اِظہار) چھُ وأراگ (دُنیأوی سوکھُک تیاگ کرنہٕ ستیٚ) حاصِل کرنہٕ پتےَ حاصِل سَپدان۔ یہِ افسانہٕ چھُ کول سُنٛد اکھ خوبصورت ترین تخلیق یُس تسُنٛد دُنیأوی تجربہٕ تہٕ مسلن کُن تسُنٛد

دأنِش ورانہٕ رٕویہِ باوان چھُ۔ یہِ چھُ تہٕ معنے خیز مگر ساد بیأنس منز خیال تہٕ اِظہارٕچ نُدرت تہِ بڈٕ کامیأبی سان ہاوان۔

ہری کرشنس آو منزی یہِ الزام لاگنہٕ زِ سُہ چھُ مخصوٗص اقلیتی سوچس اندر گرفتار گژھان۔ تٔمی کوٚر نہٕ صرف اِنکار زِ سُہ چھُنہٕ سمأجی سوچکہِ امہِ جہتُک شعور تھاوان بلکہِ اتھ صورتحالس کوٚرُن دِفاع تہِ۔ یتھٕ کٔنی ہیرِ کنہِ وننہٕ آو سُہ اوس نہٕ پنُن کانٛہہ خیال یارٕ ویہِ کھٔٹتھ تھوان تہٕ رِیاکأریہِ کأم ہوٚوان۔ "وقتہٕ کِس پزرس گن تھر کرنہٕ بجایہِ چھُ تٔمی زأنتھ مأنتھ اتھ ستی ٹھول کرنُک خطرناک شوٚغُل کوٚر مُت۔" یہِ چھُ "پتہٕ لاران پربتھ" کِس آخری مل ؤترس پیٹھ لیکھتھ تہٕ امیُک پوٗر نیب چھُ اسہِ "حالس چھُ روتُل" سوٗمبرنہِ ہِندِس "بٹن ہِندِ خأطرٕ" افسانس منز میلان۔ اتھ منز کٔری تٔمی وِششٹ وشوامتر شیش ناگ نارد تہٕ نارایِن ہِوی دِوتاہَن ہِنٛدی مذکوٗرٕ عمل بطورِ حوالہٕ استعمال یہِ ہاونہٕ خأطرٕ زِ أزی کِس ماحولس منز زٕ جان ژٔٹتھ کأم کرنہٕ کھوتہٕ افسرن ہنٛز چاپلوسی کٔرِتھ پنُن کُچل باہ تژکھ کرُن زیادٕ سہل تہٕ فأیِد مَند۔ یتھٕ کٔنی دِوتہن ہِنٛدی نا واستعمال کٔرِتھ تمن کُن فرضی واقع تہٕ فرضی کرتوٗت منسوٗب کرنس پیٹھ سَپز دھارمِک حلقن منز ہری کرشن کولس سخ مُخالِفتھ۔ تِمس آیہِ دھمکی دِنہٕ یتھ سُہ پوٗرٕ ہمتہٕ سان مُقابلہٕ کران روٗد۔ یتھٕ کٔنی "ٹھوٗل" افسانہٕ وِزِ روٗد۔ "درمہٕ کتھا" افسانہٕ چھُ پُرانن ہُنٛد متھ نوِ سرٕ وننہٕ نُک اسلوٗب نہایت کامیأبی سان ورتاونہٕ کِنی تسنٛد بن بہترین افسانن منز گنزرُن لایِق۔ یتھے کٔنی چھُ "نہٕ وننہِ لایِق کتھٕ" تسُنٛد سُہ اِرادٕ مُستحکم بناوان یُیمہِ کِنی پزرس وُرُن تُلُن تسنٛزِ اَدبی شخصیژ ہُنٛد اکھ اہم حِصہٕ بنان چھُ۔ اتھ افسانس منز چھُ مقبوٗل (مگہٕ) نأوِد، مقبوٗل ایم ایل اے، مقبوٗل ٹھیکہٕ دار مقبوٗل مِنسٹر مطلب اکی ناوکی تہٕ مختلف ڈرامأیی رول کرن وألی اشخاص۔ ژکہِ زن چھُ اکوے نفر راوی یَس (بظأہر اقلیتی بٹہٕ کُٹس) تنگ تہِ کران

مدٕدک وعدٕ تہٕ کران ژٕپھ تہٕ ہوان تسلاتہٕ دِوان تہٕ نفسیأتی دباوس تل برابر تھوان زِ اقیلتس منٛز آسنہٕ کنہٕ چھےٚ ژٕےٚ ہمیشہٕ پانٛس خلاف امتیاز برداش گٕرن تہٕ زٕرکہٕ تہٕ پامہٕ تہٕ پچھےٚ بوزنہٕ۔ یہٕ افسانہٕ چھُ سمأجی بددیانتی اپزیاری ریاکأری تہٕ غُنڈٕ گردیہٕ فاش کران تہٕ اقلیتی فرقہٕ کہٕ زاویہٕ نگاہہٕ کنہٕ صورتحالس جایز ہوان۔ یتھےٚ پأٹھی چھےٚ تہٕ ''نہٕ وننہٕ لایق کتھہٕ'' مگر فن کأری سان یِلہٕ افسانس منٛز یِتھ کنہٕ لاگنہٕ یِوان چھےٚ یِتھ کنہٕ مکانس سیر، یِمہٕ کتھ چھےٚ وننہٕ تہٕ قبوٗل کرنہٕ لایق بنان تہٕ سمأجی ریاکأری ہنٛدی کارنامہٕ۔ چھِتہٕ یِم سِلسلہٕ وار قصہٕ (anecdote) مگر راوی سنٛزٕ معتبر زبو چھِ طنز مزاح تہٕ صنعت کأری سان اعلیٰ درجکی فن پارٕ بنیمتی، یُس پزٕتھ لحاظٕ اکھ چُست وحدت پٕزٕ اُتھ ہیوٚ کمُت چھُ۔

حساس ذیہن اِنسانس مویوٗس کرن وألِس زمانس پیٹھ، یُتھ تیز طنز گٕرتھ پتہٕ سُہ ''حالس چھُ روتُل'' عنوانس تل اَکس مجموعس منٛز شأمل گٕرتھ چھُ ہری کرشن کول زمانہٕ کِس نوزُک تہٕ کمزور توازنس رأچھ کرنک عظم کران۔ نأدِم صابٕنس شعرس ''بوز وُصبس تام کُس روزِ باقےٚ، حالس چھُ روتُل حالس چھُ پزٕ ارُن'' پیٹھ چھُن کِتابہٕ ہُنٛد ناو نیٚومُت تہٕ امہٕ مخصوص افسانُک عنوان تہٕ۔ اتھ منٛز چھےٚ اکھ وجوٗدی صورتحال ووتلان۔ تٕرےٚ زٕنی یِم صرف بانہل سڈکہٕ ڈٕنٛدِس پیٹھ اَکِس ننگہٕ تہٕ بےسروسامان کمرس منٛز وٕنٛدہٕ کٕتھ کارٕچ راتھ اکھ اَکِس ستی بتاونس پیٹھ مجبور چھِ ہکٕن نہٕ صُبس تام پزٕارنہٕ ورأےکہیں گٕرتھ۔ تہٕ تہٕ انہٕ گوٚٹ، بےرسأہی تہٕ بےیقینی چھےٚ تِمن وٹراوِنی تہٕ زِنٛدٕ روزنٕچ چھکھ کوٗشش کرٕنی۔ یہأے کوٗشش چھےٚ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگہٕ یِتھ افسانہٕ مجموعس اکھ گُپتھ معنے دِوان زِ زمانے حالُک کرٕچھر ژٕہُن چھُ سون مُقدر۔ اتھ عملس پیٹھے چھُ سون وجوٗد داویزان۔ اتھ مُتلِق سوٗچُن سرُن تہٕ اتھ سوال گٕرُن تہٕ چھُ ضروٗری۔ ○

# رازدانہٕ ہُنٛد عام اِنسان

ہری کرشن کول ہِنٛدِس ترٛیٚمِس افسانہٕ مجموعس ''یِتھ رازدانے'' منٛز چھِ کُل کاہ افسانہٕ شامِل، مگر یِمو منٛزٕ چھِ زٕ یعنے ''سرٛنی کھیل'' تہٕ ''راگ وأ راگ'' یِہنٛدِس دۆیِمس مجموعس ''حالس چھُ روٗتُل'' منٛز تہِ۔ مطلب ''یِتھ رازدانے'' منٛز چھِ کُل نوے افسانہٕ۔ پرٛأنی تہٕ گوڈے شایع گامٕتۍ افسانہٕ بیٚیہٕ شایع کرنُک وجہ ہیٚکہِ تہٕ مُصنفہٕ سُنٛد کِتابہٕ ہُنٛد باڈوبڈ راوُن آسِتھ۔ اتھ ہیٚکہِ وجہ سُہ جِد وجہد تہِ آسِتھ یُس تِمس برٛونٛٹھ تہِ کرُن پیوٚمُت اوس۔ گرا اوُسس نہٕ اکیڈیمی ہِنٛدِ طرفہٕ معقول رقم بصورت سبسڈی تران گرا اوُسس سُہ زیٛری تران تہٕ گرا اوُسس تتھ پٹھ ٹنڈٕ ووتھان۔ چنانچہ سُہ چھُ یٚیمہِ کِتابہٕ ہِنٛدِس پیش لفظس منٛز لیکھان زِ ''مے چھُ سخ پھیران زِ (یِتھ) سومبرنہِ منٛز چھِنہٕ ''زٕوٗل اپأرِم''، ''وٕتھ تہٕ ہوٚکھ اوٗش''، ''ہال''، ''فوٹو'' بیٚترِ افسانہٕ شامِل۔ مگر بہٕ چھُس مجبوٗر۔ اکیڈیمی طرفہٕ (زیٛری) سبسڈی باپتھ منظور مسودس منٛز ژٕٹہٕ واتھ کرنُک چھُنہٕ مے کانٛہہ حق۔'' ''وٕتھ تہٕ ہوٚکھ اوٗش'' ورأے چھِ باقے ترٛے مذکورٕ افسانہٕ ہری کرشن کولن ژوٗرِمس مجموعس ''زٕوٗل اپأرِم'' منٛز شامِل کٔرۍ مٕتۍ۔ یہِ کِتاب چھپیہٕ 1996ہٕ یَس منٛز تہٕ ''زٕوٗل اپأرِم'' 2001ہٕ منٛز۔ مگر تِہنٛدۍ کیٚنٛہہ افسانہٕ رٕوٗدۍ تِوٕ پٔتہٕ تہٕ چھپنے۔ بیٚیہٕ تہٕ یہِ کیٚنٛہہ لیٛوکھُن۔ تمیُک موٗخصر ذِکر چھُن پانہٕ ''زٕوٗل اپأرِم'' کِس پیش لفظس منٛز کوٚرمُت۔

بہرحال ''یِتھ رازدانے'' آو 2000ہٕ ہُک ساہتیہ اکادمی ایواڈ دِنہٕ تہٕ یہِ کِتاب آیہِ کأشرِس افسانس اکھ تھوٚد معیار دِنہٕ کِس سِلسِلس منٛز سبٕٹھاہ اہم مانہٕ۔

اکادمی ہِنٛدِس ساہِتیٚشنس citation منٛز آو درج کرنہٕ زِ دٔیم افسانہٕ چھِہ بُنیٲدی طور مختلف انسان (فرد) مختلف حقیقیِ تہٕ زِنٛدٕ جاوید صورتحالس اندر پیش کران یتھ عام انسٲنی فِطرتچ بصیرت حاصِل سپدِ۔'' یتھ کتھِ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ یٚمہِ مجموٕعکی تقریبن سٲری افسانہِ چھِہ عام انسان سٕنٛز فطرت مجبوریہِ تہٕ زِنٛدٕ روزنٕچ کشمکش سبٹھٕ ہے ہمدرد زاویے نظرِ مُنعقش کران۔

کِتابہِ ہِنٛدِ ناوٕچ تحریک چھےٚ مُصنفن لل دیدٕ ہِنٛدِ واکھ پیٹھٕ نی مٕژ تہٕ ذِکر چھُن کوٚرمُت اکہِ تتھِ واقُک یٚیلہِ پروفیسر رحمان راہی ینٛ امہِ واکٕچ تشریح اٚکِس کالجس منٛز وٕستادن تہٕ طالبِ علمن بٕرونٛٹھ کنہِ کرےیہ۔ ظاہر چھُ زِ سے واقہِ چھُ ہری کرشنس واکھ تہٕ وٕژن گومُت تہٕ کِتابہٕ ہِنٛدی سرکردٕ افسانن چھُ عنوان لوٚب مُت۔ حالانکہِ ہری کرشن کولہٕ سٕنٛز زِنٛدگی مُطالہٕ تہٕ سوچن رٕویہِ وُچھتھ چھُ باسان زِ یہِ افسانہٕ چھُ وارِیاہ کالہٕ پیٹھٕ تسنٛدِس سوچس تہٕ تخلیقس آورٲوِتھ اوسمُت۔ مُلکٕچ رازدٲنی دِل ہیٚکہِ کانٛسہِ تہِ خاہش منٛد سٕنٛدٕہن ارمانن ہٕنٛز وتھ تہٕ منٛزِل اٚستھ۔ مگر اٚکِس بے وسیلہٕ شخصہٕ سٕنٛز مجبوٗری تہٕ لاچاری ہاوٕنی اوس امہِ افسانُک مقصد تہٕ یہِ تھیٖم بنوٕ امہِ کِتابہِ ہُنٛدے یوت نہٕ بلکہِ ہری کرشن نہٕ بیش تر افسانہٕ ادبُک نُمایاں مُحرک۔

ہری کرشن کول اوس مٕنٛزی مٕنٛزی بُرش یا مُصوری ہُنٛد قلم تہِ چلاوان۔ یتھ کِتابہِ کورپیجہِ (cover page) خاطرِ بنوٗوُن پانے اکھ خاکہِ یُس بُنیٲدی طور الگ الگ اخبارٕ ترن لرِ لوٚرتھٲوِتھ کاغذس موٚرمُت اوٗسن تہٕ کولاژٕچ (collage) شکل دِژمٕژ اٚسنس۔ خاکس منٛز چھےٚ بِسیار مٕنٛزِل ہیچہِ کیچہِ لرِ کھڈا تہٕ برٕونٛٹھ کنہِ چھُ اکھ بُتھ روٗس اِنسان۔ یِہوے بُتھِ روٗس اِنسان چھُ یِمن افسانن اندر وٕتلان یُس چھُتہٕ بٔڈِس شہرس اندر نوکری کران مگر نہٕ چھُس پچھان کانٛہہ تہٕ نہٕ وُقتھ کانٛہہ۔ سے نا

یٚمِس رازدأنؠ بناونٕک ارمان رٗودتہٕ کیاژِ زِندگی یوسہٕ عطا سپزِس سو أس اکھ چھانَن بنأوِمٕژ۔

''یتھ رازدانے'' افسانُک نمایاں کِردار موہن جی چھُ کٔشیرِ (1990ہٕ بڑ وٕنٛتھ) دژامُت تہٕ دِلہِ ہِنٛدِس کُنِتھ تام دفترس منٛز معمولی کلرک۔ سرکأرؠ نوکری سببہٕ چھُ تٔمِس ڈوڈ کمرُک کوارٹر میٚوٗلمُت یتھ منٛز سُہ زنانہٕ تہٕ شُری زٕ ہٮ۪تھ گُذار کران چھُ۔ تٔہنٛز زِندگی چھےٚ أکِس عام غریب شخصہٕ سنٛز ہِش یَس دِلہِ ہِنٛدٮ۪ن پأنٛس کھوتہٕ بڈٮ۪ن کلرکن یا افسرن ہُنٛد نہ کانٛہہ رشک چھُ نہٕ بوٚڈ موہٕنیو بنہٕ نُک کانٛہہ تماہ یا وومید چھےٚ۔ اکھ معمولی واقہٕ چھُ تٔہنٛزِ زِندگیہ ہنٛزِ رازدانہِ ہُنٛد (کانٛہہ خاب پوٗرِ کرنُک) سوٚپُن چھلہِ چھلہِ کران۔ تٔہنٛزِ لاچأری ہنٛز شِدت چھےٚ بڈان یٮ۪لہِ سُہ وُچھان چھُ زِ یٚمہِ بڈٕ مُلکچہِ مشہور رازدانہٕ دِلہِ منٛز ہیوٚک نہٕ سُہ بیٚنہٕ ہِنٛدِ باپتھ دِلہٕ پیٛٹھٕ احمداباد ریلوے ریزرویشنہٕ خأطرٕ کانٛہہ رسوٗخ یا سُفارش کرِنأوِتھ۔ تٔہنٛدٮ۪ن أشناون آسہٕ بدل رائے زِ دِلہِ ہُنٛد بسکین آسہٕ کٔنہ آسہِ سُہ بڈٕ رسوٗخہٕ وول۔ تٔہنٛز لاچأری چھےٚ تس سورپھٕ ٹوپھ دِوان یٮ۪لہِ أخرس نِنان چھُس زِ تٔسنٛد زٕ ژٕتُن تہٕ سُفأرشہِ خأطرٕ لُکن ہونٛگنہِ رٹنہِ اوس سورُے فضول، بیٚنہِ بیٚمن اوس بڑ وٕنٛتھے فأصلہٕ کوٚرمُت زِ تِم گژھن ووٕنؠ جہازس کُنِتھ احمداباد...... موہن جی گو خبر کیاژِ چھِتہٕ ہیوٚ...... باسیوس سرٕ (بیٚنہِ) چھےٚ پزٕی پأٹھی تس نِش دوٗر رٮ۪مژ، گنجو پیٛٹھٕ گنگولی بنٛنہٕ ستؠ نہٕ کٔشیرِ پیٛٹھٕ کلکتہ یا احمداباد گژھنہٕ ستؠ تہٕ نہ ٹکی کہِ بدلے کُنہِ وجہہ کٔنؠ۔ تس کھوٚت سُخ شرارتھ۔ اتھس کُنِتھ یُس (ریزرویشن) فارم اوسُس تتھ کرٕ بن تِلمہٕ...... تہٕ (تِمہِ) دِژن نہٕ داس گپتا بوٕنؠ سِنٛدِس یتھ ڈرائینگ روٗمس (منٛز دأرِتھ) ٹکی کہِ تھوٚہن لوتی پنہٕ نِس چندس منٛز۔'' پننہِ لاچأری تہٕ بیٚیہِ بیمہٕ سنٛز بےفکری دوشوٕنؠ ہُنٛد خمیازٕ چھُ موہن جی پانے ٹُلان۔ تس چھُ پھوٚرژٕنس ویلہٕ واتان، مگر ژکھ ژاپنؠ چھُ تس عادتھ۔ أمِس کِردار

ہِنٛز مجبوٗری چھِنہٕ اُمِس کُنہِ تِتھِس ردِعملس پیٹھ واتناوان ییٚتہِ سُہ مصنوعی باسہِ یا کُنہِ گوڑے طے کرنہٕ آمتہِ نتیجک آلہٕ کار باسہِ۔ سُہ چھُ سیٚدٕھ ہے معمولی شخص۔ معمولی انسانہٕ سُنٛد شرارتھ کیاہ تہٕ کانہہ اعلانیا کارنامہٕ کیاہ۔ افسانہٕ سوٚنبرنہٕ ہُنٛد ناوتہٕ یمی افسانٕک عنوان تھوٗن چھُ زِنٛدگیہٕ ہِنٛدِس کشمکشس پیٹھ مُصنِفہٕ سُنٛد سوچُن وٕطیرٕ ہاوان۔ اوے تہٕ چھےٚ ہری کرشن کوٗلنۍ یہِ سوٚنبرن تِہنٛدِس کُل افسانہٕ ادبس منٛز اکھ خاص مقام تھاوان۔

''یتھ رازدانے'' ہَس منٛز وۄتلیوٗمُت مذکور بالا سوچُن رویہِ چھُ ''پھرِ'' افسانس منٛز عروجس پیٹھ واتان تہٕ بِلکُل عیاں گژھان۔ یہِ افسانہٕ چھُ وارِیاہ لحاظ ہری کرشن کولہٕ سُنٛد تہٕ کانٛسِرِ افسانہٕ ادبُک اکھ بہترین افسانہٕ تِکیازِ اتھ منٛز چھِ حقایتکس تہٕ حقیقت پسند اسلوٗبہِ کس فنس (افسانٕک مفہوم مخصوص معنہٕ کس سوٚتھرِس واتناونہٕ خاطرٕ) کامیاب آمیزش کرنہٕ آمٕژ۔ ''پھرِ'' چھُ اکہِ اخلاقی معنہٕ ساوِ حقایتکی پاٹھی ہموار بیانیاہَن منٛز متوقع واقاتی موڑٕ وٕنۍ پکان، یتھ اندر قدمہٕ قدمہٕ علامتیت تہٕ اشاریت موجوٗد چھےٚ۔ مگر یتی چھِ امہِ کٮ۪ن کردارن ہنٛدی رٕویہِ attitudes حقیقت پسند افسانٕکی پاٹھی سانہِ مانوٗس دُنیہکی ہِوی۔ امیُک پرٛتھ کردار جِسمانی طور اڈلیوٗک آسنہٕ کِنۍ چھےٚ بستیہ اندر زِنٛدٕ روزنچہٕ تہنٛز کوٗششہٕ اکھ اُکس ورأے نامُکمل آسنہٕ باوجوٗد تقریبن الگ الگ حالانکہٕ کاٚم تہٕ مقصد چھُ سارِنٕے ہُوے یعنے یڈ برٕنۍ۔ یڈ برنُک کُنے مقصد اُستھ تہٕ چھِ تِہنٛدی سوچُن رٕویہِ مختلف بامے تِہُنٛد اختلاف سیٚدٕھاہ سوٚت سوٚت تہٕ لااِظہار اُستن۔ کوٚل زوٗرلونگ وونگ اوٗن کھوسہٕ کانہہ تہٕ اُسِتن، مُصنِف چھُ سارِنٕے خٕتُل امکان الگ الگ شخصیتھ دِوان۔ یہِ بیٚنبر چھُ تیٚلہِ واضح سَپدان ییٚلہِ گاڈن ہُنٛد قودرتی تحفہٕ چھونان چھُکھ یا ییٚلہِ تِم امہِ تحفہٕ چہِ دستیاٗبی ہِنٛدِس بُنیاٗدی سوالس پیٹھ اکھ اُکس بُتھِ لگان چھِ۔ امہِ

افسانٕک ییٚنۍ ووُنن تہٕ کسب وُچھِتھ چھُ پرن وول حأران گژھان زِ مُصنِفس ءکتۍ معنہٕ چھِ ذیہنس منز اُسۍ متۍ یمن تشکیل دِنہٕ خأطرٕ تمۍ یہِ نیم دیومالأیی کتھ تھٔرمٕژ چھےٚ۔ یہِ افسانہٕ ہیکہِ بیک وقت عام انسأنی صورتحالس انسأنی تہذیبہٕ کِس ارتقاہَس تہٕ نظریأتی جدلیاتس ءستۍ وأبستہٕ کٔرِتھ ووکھناونہٕ ییتھ۔

اوٚن چھُ سُہ مشہوٗر روٗژن (صِنف وٗژن نہٕ ئلۍ کہِ کُنہِ زیٹھِ بأتک اکھ بنٛد) گوٗان یُس لتس مُطأبِق تہٕ شاید سارِنے ہٕنزٕ خاموش قبولیتہٕ کِنۍ برمحل چھُ۔ ''اکھ اوس اکھا کُنہِ نہٕ کینٛہہ'' چھُ ییٚتھن کأشُر صورتحال ووکھناوان باسان اگرچِہ یہِ لُکہٕ بأتھ چھُ کُنہِ نتہٕ کُنہِ شکلہِ ہندوستانہٕ چِن تمام زبانن اندر موٗجوٗد۔ یعنے کہِ امہِ بأتکہِ بنٛدٕ چ بنٛدٕ چ آفأقیتھ چھےٚ کأشرِ زأویے نظرٕ کِنۍ تہٕ برابر موزوٗن تہٕ موأفِق۔ پتہٕ چھُ أنۍ ءسنٛدِس گوٗن بنٛدس بیٚاکھ نفر (لوٚنگ) بیٚاکھ معنہٕ کڈان تہٕ کوستام بوٗزمٕژ یا پانے تھٔرمٕژ کہانی بیان کران۔ بنٛدٕ چ یہِ وکھنے چھےٚ باقین براہِ یوان۔ بأتھ گوٗن یا کُنہِ بأتک بروقت حوالہٕ دِیُن چھُ یہِنزٕ زِندگیہِ ہٕنزٕ کژاو چلہٕ وِنۍ تھوٚنگ اکھ بہانہٕ بنان۔ نرنارتہٕ نوٗر ءسنزٕ کتھ گٔرِنۍ تہٕ پتہٕ سو پنہٕ نِس حالس ءستۍ پیوستہٕ کٔرِنۍ أسۍ تَن خودفریبی ہے مگر یہِ فریب چھُ یہِندِ باپتھ حسین تِکیا زِ یک رنٛگ تہٕ بظأہر بے مقصد زِندگی چھُ سوٗنچُنک تہٕ ووکھنے کرنُک اکھ مقصد میلان۔ أتی چھےٚ عقید تھ، آستھا تہٕ اعتماد زنم ہوٗان تہٕ انسان چھُ پنہٕ اڈلیکہِ زنمُک پوٗر ہر خیالن منز ژھاران۔ بالافطرتی دیومالأیی قِصہٕ چھِ اکھ متوأزی حسین دُنیاہ تیار کران یُس کمزور اِنسأنی زِندگیہِ نکھہٕ ڈوٗکھ بنان چھُ۔ مگر پتُن حال اتھ نکھس تہٕ ڈوٗکھس حوالہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُنہٕ سوٗنچن ہار انسان تھکھ کڈان ئلۍ کہِ سوٗنچن ہأری کِنۍ چھُ اتھ مفروضس تہٕ پانےٚ سوال کران۔ کریٚہنہٕ پاژھِ وول ییٚتھےٚ امہِ بستیہٕ ہِنٛدِس عظیم ترٕ ہن تہٕ اہم ترٕ ہن وجوٗدی سوالس ءستۍ روٗبروٗ گژھان چھُ سُہ چھُ اتھ پنہٕ مطلبٕ چ ووکھنے کران زِ اکھ پوٗشیدٕ طاقتور پادشاہ

چھُ تِہنٛزِ زِنٛدگیہِ ہُنٛد مُنتظم وغأرِ وغأرِ۔ سوال چھُ یہِ زِ کوٚل کیٛاہ چھےٚ؟ گاڑ گُس چھُ اسہِ سوزان؟ بعضے کیٛازِ چھِ أسی زِنٛدگیہِ ہٕنٛدی ضروٗرت پوٗر کرنہٕ خاطرٕ آچھِ گژھان؟ کانٛہہ چھا یتھ انزأنی کوٚہَس پیٹھ یا کوٚہہ پٔتی کٔنِ یُس سانہِ نامکمل زیٚستُک ذِمہٕ وارتہِ چھُ تہٕ رچھن ہارتہِ چھُ؟ تسٕنٛز امہِ نوِ کہانی ہٕتی چھِ وارِیاہ متمعین گژھان۔ مگر کتھ چھٕنہٕ تتی ختم گژھان۔ اون چھُنہٕ گُژہُن پوٚژھ لاگنس پیٹھ رأضی گژھان تہٕ صورتحالچ بیٛاکھ نوٚ ووٚکھنے کرنہٕ خاطرٕ بأتُک بیٛاکھ بَنٛد گیوٚتھ چھُ وُنن یَژھان زِ کتھ روزِ چلہٕ وِنٛی۔ زِنٛدگیہِ ہٕنٛدِ بن سوالن لگہِ نہٕ مصنوعی یک رنٛگی پأدٕ کرنہٕ ہٕتی تھکھ۔ ووٚکھنے چھےٚ زِنٛدٕ اماپوٚز زِنٛدگیہِ ہٕنٛز آیرٕنی (irony) چھےٚ زِ ووٚکھنے کرن وول چھُ پھوٚپھ۔ بہرحال چھےٚ افسانس انٛدریہِ اکھ آواز أخرس تام ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹھ کران اظہارٕ خاطرٕ زِ پرٕتھ ووٚکھنےَ ہیکہِ صرِف اکھ قأیمقام پَزر أسِتھ أخری حقیقتھ روزِ ہمیشہِ وننہٕ نےَ۔ وجہہ چھُ زِ انسان چھُ نامکمل تہٕ أمی سُنٛد کانٛہہ تہِ فلسفہٕ یا رُویہِ روزِ ہمیشہِ وقتی لگہِ بأری طابع، وقتہٕ اپور چھُنہٕ کہیں۔

گُژہن پوٚژھ لاگن وألی سُنٛد واقع چھُ مُصنفہٕ سُنٛد اکھ پُرزور بیان دِنہٕ خاطرٕ افسانس منٛز تھونہٕ آمُت۔ یمن مجبوٗرفردن ہٕنٛزِ زِنٛدگیہِ منٛز أس اکہِ قسمچ یک رنٛگی ووٕنی پھٹنس آمٕژ تِمن سفید پازھبن ہٕنٛدی پأٹھی یم مالہٕ تہٕ جندٕ شُکھری گأمتی أسی تہٕ ووٕنی بدٕلنی تہٕ پرٕتھ بٕنٛی یَژھان أسی۔ کرٕہٕنی پأژھی وألی تُل یِہنٛز مجبوریہِ ہُنٛد فأیدٕ تہٕ یِہنٛز طرزِ زِنٛدگیہِ دِتُن پنُن معنہِ۔ یِہنٛزِ حسبِ حال سوچُن نہجِہ تہٕ رُویس دِژن دِنن، یِہنٛز بِسیار پاسل دیوٚمالایہِ بدلہٕ گرٕنکھ پٔنٛنی یک سمتی ووٚکھنیہِ ہٕنٛز سہل دیومالا رأیج۔ واریاہو لأگی تِہنٛدی پأژھی یہِ زأنِتھ زِ امہِ ہٕتی گژھکھ زیٛادٕ وُسوار کتھ تہٕ وَتھ دُسیاب تِکیٛازِ یہِ وَتھ چھےٚ سہل تہٕ بدل۔ مگر اختلاف گونہٕ أمِس نوٚس شخصہٕ سٕنٛزِ زبردستی باوجوٗد تہِ کم یِمہِ کٔنِ أنِس جبراً گژہُن پوٚژھ لاجوکھ۔ تِتھے کٔنِ توٚر پھوٚپھس

فِکرِ زِکرٕہنس پأژھِس تہٕ گاڈن چھُنہٕ پانہٕ وِنی ٲکِنہٕ واتھ۔ یہِ تہٕ اوس کرٕہنس مُبلغہٕ سُند اکھ منطق۔ ''کرٕہُن پوٗژھ تہٕ سفید پوٗژھ چھُنہٕ اکھأ کِس نِش بیوٗن نہ اکھأ کر ہِندِ کھوتہٕ بہتر.....'' معجز دوٗپہ نکھ یہِ زِ ''پننہِ پھوپھہِ زبوٕ ستی کِتھ پأٹھی پھٕرِتس یِوٗت زیوٗٹھ کلامہِ.....'' وغأرِ...... اوتانی اَسی تم بزتھ گاڈٕ کھوان۔ وونی اوسکھ تِمن گاڈن ''پھرِ'' وُنن ہیوٗ چھمُت۔ زبان بدلنہٕ ستی، ناو تہٕ پوشاکھ بدلاونہٕ ستی یا زہنہٕ مرٕنکی عقیدٕ یا رسم رِواج بدلاونہٕ ستی چھِنہٕ زِندگیہِ ہِندِس بُنیأدی مقصدس تہٕ انسأنی سوٗنچہ کِنہٕ بِسیار پاسل امکانن ہنٛز نٕوی یتھ بدلان۔ گاڈن پھرِ وننہٕ ستی بدلے یہِ تہٕ کانٛہہ حقیقتھ ئلی کہِ بدٕلنچ تہٕ زبردستی بدلاونچہ دلیلہٕ ٹرٕ، اَپُز تہٕ بےسوٗد کوٗشِش۔ ''پھرِ وننہِ'' محاورٕ چھُ أتھی معنے ہَس منٛز رأیج گوٗمُت۔

ہری کرشن کول اوس انفرأدی تہٕ اجتمأعی زِندگیہِ منٛز مجبوٗر انسانہٕ ہِندِ بن لوٗکٹِبن المیہٕ ہَن کأسِب اَتھوتُلان تہٕ ہلکہٕ پھُلکہٕ سُچویشنہٕ منٛز تم باوان۔ سُہ اوس باوان زیأدٕ علامتھ سأزی اوس کم کران۔ ووں گوٗ علامتوٕ ستی چھےٚ معنے آفرینی تہٕ سپدان امہِ امرُک اوس سُہ پوٗرٕ وأقف کار۔ سُہ اوس سبٹھاہ پوٗرمُت لیٛوٗکھمُت تہٕ زانن وول نہَ صرف افسانہٕ ادبُک ئلی کہِ افسانہٕ کِس تنقیدس منٛز نوٚبن نوٚبن رٕوِشن ہُنٛد تہِ۔ تِمِس أس انگریزی تہٕ ہندی اُردو فِکشنس پیٹھ سٔنی نظر۔ بحیثیت ادبُک ووستاد اوس سُہ نوِ زان کأریہِ تہٕ ووکھنیہٕ طألب علمن تانی صدق دِلی سان واتناوان۔ تِمِس أس زمانہٕ کِنہٕ وولگتہٕ نَن تہٕ خودغرض سِیاستہٕ کِنہٕ دلدوز نتیجن ہنٛز دگ تُلٕنی تہٕ پےمٔژ تہٕ لوٗکھ أسن سو دگ وبتران تہِ وُچھمٔتی۔ تِسندی ''ہانگل''، ''ہوٗنی تہٕ شیچھ'' افسانہٕ چھِ تٔمی ہِنٛز درمندی ہنٛز خاموش داستان ونان۔ خاموش اِوٕ کِنی کہِ یِمن منٛز چھُنہٕ انسان ہِندِس اڈلیچرس مُتلِق تٔسُند موقف ''پھرِ'' افسانکی پأٹھی تھدِ ہٹہِ بولان۔ بولان چھُ بہرحال ہموار نریشنہٕ کِس لہجس منٛز، انسان ہِندِ ژکہِ سان۔

"ہانگُل" ناو گوٚ پتہٕ میٚن ترٛہَن ژتجی ہَن وٕرۍ یَن منٛز دیدور کأشرٕ ہن دأنِش ورن ہِنٛدِس زبأنی روایَتس تہٕ لیکھتِس منٛز کأشرٕ ہن بٹن ہِنٛدِ خأطرٕ رأیج۔ ہانگلن تہٕ بٹن اَس اکھ کتھ مُشترک زِ دوشوے گیہ پتہٕ میٚن اَتھن دٕہن دٕہلین اندر کٔشیرِ منٛزٕ وارٕ وارٕ غأب گژھان۔ آزأدی برٛونٛہہ اَسی کٔشیرِ ہِنٛدٕ ہن جنگلن اندر ہانگل شأہی تفریحہٕ خأطرٕ قوربان گژھان تہٕ آزأدی پتہٕ کیٚنژن بوچھہِ ہتین اقتدار پرستن ہنٛزن ژھیٚپہٕ ژھارِ ژوٚیَن ہِنٛدی شِکار۔ یوٚتأنی اکہِ دوہہ یہِ حقیقتھ ٹاکارٕ گیہ زِ کأشُر ہانگُل ہسأہیوٚتن موٗل ہیتھے گُلن ، یہِ بچأویوٚن سأ۔ کیٚنژن تعصبی ورگن ہِنٛدی شِکار بٹن ہُنٛد پتہٕ میٚن پنٛژاہَن وٕرۍ یَن مُلکہِ کیٚن دوٗر علاقن منٛز اوزکہٕ ژھارنہٕ گژھُن تہٕ تِمہٕنٛے علاقن شرٛپنگ نتیجہ دژاو زِ کیٚنژن حساس عوأمی حلقن پیو ظون زِ کٔشیرِ ہنٛز یہِ مخصوص انسان ذاتھ نے آسہِ تہٕ یٖیتیک توأریخ کرِنہٕ آینٛدٕ نسلن امہِ کوتأہیہِ خأطرٕ زانٛہہ ماف۔ بٹن ہنٛز یہِ کسمپرٕسی وأژ 1990ءس منٛز عروٗجس پیٹھ تتھ

"بٹن تہِ لوٗگ گژھِ تی یوٗز
وۄتھ اماس کمن ماکنٕن حمد
کأمل

یمن واقاتن پیٹھ آیہِ مختلف رایہِ پیش کرنہٕ۔ اکھ رائے اَس زِ 90 تس منٛز یِہُنٛد ژلُن اوس تِہُنٛد ناو کٔشیرِ ہِنٛدِ نقشہٕ پیٹھ نہناوچہِ سأزِشہٕ ہُنٛد نتیجہ۔ حالانکہِ یہِ عمل اوس دژہیٚٹھمان پأٹھی آہستہٕ تہٕ خاموش طریقہٕ برٛونٛہہ شروٗ گوٚمُت۔ افسانہٕ "ہانگل" چھُ 90 برٛونٛہہ کہِ صورتحالچ اکھ تصویرٕ ہأوِتھ تتھی عملس کُن اِشارٕ کران۔ یہِ چھُ ہاوان زِ کٔشیرِ نبرٕ اَسی نہٕ یِہِنٛدِ خأطرٕ سبزارتہٕ نیٚری یوٚت یم ہانگل گژھان اَسی۔ افسانُک واقع چھُ الہ آبادٕ اَکِس کُٹھی نکوأرِس منٛز روزن وألِس کِردارٕ سُنٛد یَس

زِندگیِہ ہِنٛدِس سبٹھاہ معمولی سوکھس تہٕ بیم چھُ۔ تسٕنٛد مول تہٕ چھُ تِتھے مجبور تمہِ دوہہ چھُنہٕ سُہ نیچوِس تہٕ نوشہِ ہِنٛز باہمی مالایٔنیہِ خلل ترٛاوُن یژھان۔ مگر واقع چھُ تیٚتھ زِ پشیمان گژھتھ چھُس دوہَس ہٹرِ ہٹرِ پھیرُن پیوان۔ افسانس منٛز چھُ صورتحالس وضاحت کرنہٕ خاطرٕ مأژس تہٕ نیچوِس درمیان اکِہ بٔچہٕ ذٔریعہِ افسانُک نُمایاں استعارٕ (یعنے ہانٛگُل) بییہِ ہَن وبژھناونہٕ آمُت۔ أکِس معمولی انسانہٕ سٕنٛزِ زِندگیِہ ہُنٛد اکھ واقع کیٛاہ چھُ لِس گُدراون تہٕ امیُک بہترین اِظہار چھُ یہِ افسانہٕ۔

''ہوٗنۍ'' تہِ چھُ تقریباً تِتھے صورتحال نِوان۔ حالانٛکہِ اتھ اندر چھُ مسٔلک دوٗیِم مگر برابر اہمیتُک پہلوٗ تُلنہٕ آمُت۔ امیُک راوی ہکوٗن أسی کأشُر مأنِتھ یَس ارچنا ورما مسز صدیقی بنہٕ نَس پیٹھ صرف یہِ عُذر چھُ زِ رُتبہٕ تہٕ جِسمأنی سوکھس کیٛازِ، گیِہ اکھ سوٗنٛدر (کأشُر) کوٗر خام تماہ۔ یہِ عُذرٕ چ کیفیتھ چھےٚ راوی سٕنٛز دِمأغی سوٗتھرِ چ تہِ کیٛازِ ژکہِ چھُ سُہ کأشُر آسنہٕ کِنۍ حوٗسُن تہٕ سِپرتکہِ سوٗنٛدریُک پرستار۔ تسٕنٛدِس اتھ تصوٗرس چھُ ارچنایہِ ہِنٛدِ ستی سخ صدمہٕ ووتمُت۔ مگر مجبوٗر چھُ کرِ کیٛاہ ژکھ ژاپنہٕ تہٕ لبن کلہِ ٹھاسنہٕ علاوٕ۔ ہری کرشن کوٗلُن نُمایِنٛدٕ کِردارِیُس تسٕنٛدِ افسانُک مقصود آسان چھُ، چھُ معمولی حالاتن منٛز ولنہٕ یِتھ تہِ ٹاکِین واہراونہٕ یِوان تہٕ پننہِ معمولی آسنکہِ احساسہٕ ستی بعضے سبٹھاہ بجہِ حقیقژ زیوٗ دِوان۔ ''شیٚچھ'' افسانہٕ چھُ اکِہ غأر معمولی صورتحالُک تیُتھ حقیقت پسنٛد افسانہٕ یتھ ستی معنہِ نیٚرِتھ ہکن۔ ژکہِ چھےٚ حقیقتھ سوٗے زِ یتھ وُلٹہٕ وُریبہٕ دُنیاہَس منٛز چھُ سادٕ منوش کُنہِ وِزِ تِتھٕ کِنۍ آورنہٕ یِوان زِ نہ چھُس ژلنس وار روزان نہ صورتحالس ستی تصوٗدُم کرنس۔ بب سٕنٛدِ مرٕنچ شیٚچھ ہیتھ آمٕژ زنانہِ وۄن رأوی یَس زِیمَس چھُ أس ووتھ تِکیٛازِ أمِس چھےٚ وُنہِ تہِ کمن تام ہِنٛز آش زِینَم تہٕ ترٛیش ترٛاونم۔ انہِ گٹہِ تہٕ وأران رأژ منٛز دژاو راوی بب نہِ مرٕنچ شیٚچھ (تسٕنٛد بن أشناون) واتناونہٕ۔ یہِ ذِمہٕ وأری أس تمۍ ہنگہٕ منگہٕ مٹہِ ہیُٔژمژ۔ تم

وُچھِن تتہٕ پننہٕ نبن عائشن تہٕ مٔدس منز۔ شیٚچھ بۄزِتھ ییوکھ بوم زِ راوی کتھ آو پھیشل خبر ہیتھ۔ مۄردس تزٕیش تہٕ اونٛچ یا ماتم داٚری خاطرٕ گرٕ ھنٛچ پریشانی گیہٕ نہٕ تِمن رژھ تہٕ۔ اکھٕتُے رۄ ٹُھ پہوے نالس تھپھ دِتھ۔ ''مےٚ تُجٕ کُنی دوتہٕ ژۄلُس...... اسہٕ دون منزٕ اُس (وونی) اکھ شٹھیمٕژ تہٕ ہکر پمٕژ لاش یس اُچھ بنٛد مگر اُس یلے اوس۔''

واریاہ جہتہٕ چھےٚ اتھ صورتحالس نیران۔ نُمایاں معنہٕ چھُ سو یہٕ سِتم ظریفی باوٕنی یِیمہٕ کِنز راوی صورتحالس ہتی بلاوجہہ مُنسلک چھُ صرف پننہٕ اکہٕ معمولی کمزۄریہ کِنی۔ شیٚچھ انن واجبٕنی ببہٕ ہنزٕ عقیدتھ مند یا خدمتھ گُذار ہیکہٕ ہے راوی یَس نزدیک یتھ اگرے لاش جلد تھوٚ دووتھٕ ہے۔ تس ہتی چھےٚ راوی یَس ہمدردی شاید اِو کِنز زِ تِمس چھےٚ زِندگی وبال بنے مژ۔ دیوٕ وسو ببہٕ ہنٛدن مفاد پرس بھکھتن ہنٛدِس رحم وکرمس پیٹھ پلان چھےٚ تہٕ راوی وونی ببس نشہٕ نجاتھ لبنہٕ پتہٕ تس پننہٕ سوکھ خاطرٕ پانہٕ ناوُن یژھان چھُ۔ راوی سُند سورُے سونٛچ تہٕ منصوبہٕ ہکن تسنزٕ خام خیاٚلی اُستھ تہٕ پٔزر ہیکہٕ صرف یتے اُستھ زِ یہٕ (رۄحانی) بُزرگ چھُ بڈٕ ہن مۆ ہنویَن بطورِ سماٚجی روتبہٕ تہٕ دِل بہلاٚیی ہُند سامانہٕ۔ راوی سنزٕ زِندگیہٕ ہُند بژم پھُٹنٛچ شیٚچھ تام بوزنہٕ خاطرٕ چھِنہٕ تِم تیار۔ افسانس منز چھُ ذیلی سطحس پیٹھ اکھ مُقابلہٕ شدتہٕ سان ووتلان، راوی ہِوس حاجت مند نامُکمل عام انسانس تہٕ عاشہٕ آرامکین بےفِکر خوش قسمت ماٚلکن درمیان۔ یِمن دون درمیان چھےٚ اکھ لاش ببہٕ ہنزٕ، ظاہراً کستام رۄحانی شخصہٕ ہنزٕ یُس نہٕ وونی کاٚنسہٕ ہنٛدِ خاطرٕ لگہٕ ہار چھُ۔ راوی ہنٛدِ خاطرٕ اوس نہٕ زِ نہےٚ۔ افسانک کُل مفہوم چھُ تمی ورگک اڈلیچر تہٕ کمزوریہٕ ہاوان یِیمہٕ ورگہٕ کین کِرداران ہنٛدی بیٚیہٕ افسانہٕ یتھ کتابہٕ انٛدر چھِ۔

○

# کأشُر تہٕ پأریُم

''زٕوُل اَپأرِم'' چھُ ہری کرشن کول سنٛزِ افسانہٕ نِگأری ہُند عروٗج باسان، خاصکر یتھ اَمہِ مجموعکہٕ ''اوٚنگ''، ''ہأل'' یا ''زٕوُل اَپأرِم'' افسانہٕ زیرِ نظر انوکھ۔ اوٚت تام (2001 یَس تام) أسی بے شک تٔمی سٕنٛدی کینٛہہ شاہکار افسانہٕ شایع سپدی متی وٕوں گو تٔمن افسانن اندر یِژھ کساوٹ تہٕ پیوسطگی فنس منٛز چھےٚ تہٕ یِژھ شُستگی موضوعن اندر چھےٚ تمہِ کھوتہٕ زیادٕ تہٕ موثر چھےٚ ''زٕوُل اَپأرِم'' کٕمن افسانن اندر۔

''زٕوُل اَپأرِم'' افسانہٕ مجموعَس اَمہِ ناوٕ کہِ افسانہٕ مُطأبِق ناو تھوٚنُس پتہٕ کنہِ چھُ افسانہٕ نویس سُنٛد اکھ خاص مقصد او سمت۔ ونان چھُ زِ مےٚ تہٕ ہسأ آسن ووٚنی پٔنٛنی کأشری پرن سمجھن وبوٗزارن وألی ''اَپأرِم'' کأشُر ونان تِکیازِ بہٕ چھُس نہٕ تٔمن منٛز یعنے وادی منٛز روزان۔ بہٕ چھُس ''بالہٕ اپارِ'' روزان تہٕ اِ کنی چھُس ''اَپأرِم''۔ ییٚہ چھُ ونان زِ بہٕ ہسأ چھُس تٔمن نِش کاہ ؤری دوٗر۔ 1990 پیٹھٕ 2001 تام أسی کاہ ؤری گأمتی۔ اِ کنی تہٕ چھُ مُصنِف ''اَپأرِیُم'' یا یتھ ونو أسی ''پأرِیُم''۔ پأرِیم تہٕ اپأریم یم زٕ لفظ چھِ ساخت تہٕ معنے دوشوٕے لحاظہٕ اکھ أکِس نکھٕ۔ پأرِیم چھِ أسی عام پأٹھۍ تِس ونان یُس نہٕ کأشُر آسہِ۔ پأرم چھِ غأر کأشرِ زبأنی تہٕ ونان۔ ییٚمہِ کِتابہٕ ہُند مُصنِف چھُنہٕ غأر کأشُر مگر کٔشیرِ تہٕ کأشرٕ ن نِشہِ ژھٹنہٕ گژھنُک احساس چھُس سَخ۔ ژھٹنہٕ گژھنُک احساس چھُنہٕ صرف کٔشیرِ ہنٛدٕن سِیأسی حالاتن ہنٛدِس تناظُرس منٛز اکھ خاص معنے تھاوان بلکہِ تمہِ علاوٕ چھُ یہِ احساس خألِص اِنسأنی تناظُرس منٛز تہٕ معنویت تھاوان۔ یہِ احساس بنوٚ پتی مہ صدی ہنٛدٕن أخری دوٚن ترٛیٚن دٔہلِن اندر

خاص ادبی فِکرُک مُتحرک۔ سأری سے دُنیاہَس منز تہٕ تمام بہلہِ پایہِ ادبن اندر۔ کأشرِس ادبس منز لوٗب امہِ قسمکی فِکرن 80 تہٕ نمتہٕ کِس دٔہلبن اندر باضأبطہِ اِظہار پوٗرِ پأٹھی۔ زیرِ نظر افسانہٕ سوٗمبرنہِ اندر تہٕ چھُ اسہِ تمہِ سونچُک پرتو بأسس تل یوان۔ ''اپأرِم'' چھُ امہِ لحاظہٕ ''وۄپر''، ''پرٕزھیوٗن'' تہٕ ''الگ تھلگ''لفظن ہم معنے بنان۔ ہری کرشن کول چھُ شعوری طوریمن معنے ہَن وبژھنے کران تہٕ یموٗ ستی پننہِ کتھِ الگ جہت دِوان۔

ضمنی طور چھُ سون توجہ ''اپأرِم'' لفظہٕ کِس املاہَس کُن گرٕھان یتھ کُن اشارٕ کرُن ضرٗری چھُ۔ ''اپأرِم'' چھُ مونث تہٕ امِیُک مُذکر چھُ ''اپأریُم''۔ مثلن أسی ونو اپأریُم مال تہٕ اپأرِم شێچھ۔ زوٗل چھُ مُذکر تہٕ اوٚکنی روزِ ہے صحی ترکیب: ''زوٗل اپأریُم''۔ زوٗل اپأرِم کِتابہِ چھُ پتہٕ مِس کورچس پیٹھ انگریزی پأٹھی کتابہِ ہُند ناو یتھٕ کنی لیکھنہٕ آمُت۔ Zool Aparyum یعنے ''زوٗل اپأریُم'' نہٕ کہِ زوٗل اپأرِم یُس رومن خطس منز یتھٕ کنی پھرنہ ییہ ہے Zool Aparim۔ اسلیٔ مانو أسی زِ ییہِ چھِے اِملاہچ نہٕ زِ پھورِچ غلطی یوسہٕ امہِ ناوٕ کِس افسانس تہٕ امہِ کتابہِ ہِندِس ناوس دوٚشوٕنی منز کرنہٕ آمٕژ چھِے۔ بہرحال نمونہٕ أسی ییمہٕ مُطألعہِ خأطرٕ ناو یُس مُصنفن استعمال کوٚرمُت چھُ بلکہِ اِملا لحاظہٕ صحٕی ناو یعنے ''اپأریُم''۔ کِتابہِ ہُند ناو مانو سُے صحٕی یُس اتھ دِنہٕ آمُت چھُ۔

پتہٕ مِہن ترٕہن ژتجی ہَن وٗری یَن کوٗر انسانن محسوس زِ سأئنسی ترقی پیٛدٕ اہ سہولیت تہٕ آرام تِمس میسر کوٚرتیٛ تاہ کوٚرُن ذہنی تہٕ روٗحأنی طور مُشکلن اندر تہٕ گرفتار۔ انسان آیہِ دوٗر دراز گاموبستیو تہٕ شہرو منز نیٛرتھ تہٕ دولت کماونہٕ خأطرٕ لوگھ دُنیاہ ژھنڈُن۔ رلہٕ مِلہٕ پرِوار پھُٹ تہٕ رِوایتی انسأنی رِشتن لوٚگ ژھبن۔ سمأجی قدرن گوٚلرِ پار تہٕ نٔوی سماج ییم بارس آیہِ تم أسی نہٕ جماعتن یا اجتماعن پیٹھ مبنی

ئلی کہِ تِم بنے یہِ فردن ہِندی تِتھی اجتماع یمن نہٕ کُنۍ کِردار اوس۔ فردٕ سُند کِردار بنوٕ اجتماعہ کہِ کِردار کھوتہٕ زیادٕ اہم۔ اجتماعس منز رُوٗزِتھ ہیوٚت فردن پرژھنبر محسوس کرُن۔ یہِ حالتھ اُس پرٛتھ مُلکس منز۔ شہرن تہٕ قصبن اندر بنے یہِ نوٕ بستیہ یمہٕ جدید رِہائیشی سہولیاتو سۭتۍ سجاونہٕ آیہِ اماپوٚز یمن بُستین منز روزن والین رووٕ دِلُک قرار۔

''زوٗل اپاٗرِیم'' افسانہٕ چھُ یہوے مسلہٕ تُلان۔ اتھ اندر چھِ پرٛژھی اکہِ نوِ بستی ہُند حوالہٕ دِنہٕ آمُت۔ شہرٕ سری نگر چہِ اتھ نوِ بستی اکہِ طرفہٕ چھِ دوٗرِ فوجی چھاونی ہُند نظارٕ۔ مأنۍ توٚ زِ یہِ چھےٚ بٹہٕ واریا اتھٕ واجنہٕ پرٛأنِس محلس دوٗر یہان۔ اتھ اندر رچھُ اکھ مکانہٕ یێتہٕ ناتھ جی تہٕ پیاری روزان چھِ۔ یمن چھُ لڑکہٕ بدیشس مُلکِ کناڈاہَس منز روزان۔ ظٲہر چھُ سُہ تورٕ زیادٕ روپیہٕ کماونہٕ غرضہٕ گوٚمُت۔ تسنزٕ امہِ کاروٲیی سۭتۍ چھےٚ تسندس مٲلِس ماجہِ ہنز مٲلی حالتھ ضروٗر بہتر گٲمژ مگر یمن چھُ سکوٗن رووُمُت۔ ئلی کہِ چھکھ پریشانی بڑے مژ۔ پننہٕ پرٛانہٕ محلہٕ نِشہٕ أسی ژھینۍ مژتی، نچوس بٹہٕ ہنزٕ زِندگی تہٕ خوشی ہنز بے یقینی تہٕ چھکھ ووٚنی۔ پرٛزرچھُ یہِ زِ سُہ چھُ دوٗر کتھ تام مُلکس گوٚمُت یێتہٕ تَس زِندگیہٕ ہِندی آرام مویسر آسن مگر تسندی مول مأج وُچھن نہٕ سُہ پننہٕ نوٕ چشمو تہٕ حسرکیاہ چھُ تتھ آرامس۔ دوشوے نظریوٚ کنۍ یعنے نیچوی ہِندِ دوٗرِ گژھنہٕ کنۍ تہٕ پننہٕ ژھینہٕ گژھنہٕ کنۍ چھِ یم باٗژٕ بے قرأری تہٕ بے تسلٲہی ہِندی شِکار۔ تُسند پأنسہٕ کماونہٕ بدیش گژھُن تہٕ اوس ضروٗری تہٕ یہُند نوِ بستی منز یُن تہِ۔ اسلئے چھُ یہُند دود روٗحأنی زیادٕ تہٕ جسمٲنی کم۔ یم چھِ أکِس کشمکشس منز گرفتار۔ یتھ افسانس منز چھُ نمایاں آواز ناتھ جی۔ یتھٕ کنۍ زِندگیہٕ منز بڑوٚنتھ پکنچ خاہش کِنہٕ پأنسہٕ کماونچ مجبوٗری یہِ فِکرٕ چھےٚ تسندِ تذبذبچ باعث۔ حقیقتُک بیاکھ پہلوٗ چھُ یہِ تہٕ زِ تس اوس گاش دوہے خوش کران۔

''دتس چھُ زوٗل بجلی گاش ہنِس آکاشس تل سرٕ یہِ سُند پرٛ کاش بُتہٕ راٗژ

پیٹھ خوشوٗن وُشن وُشُن تاپھ سورُے کینٛہہ خوش کران۔شاید چھُ سُہ یہِ سورُے کینٛہہ چھاوُن یژھان مگر چھاوے تہٕ کتھ پأٹھی؟ یہِ سورُے کینٛہہ چھُ اپارِ۔ سُہ چھُ پانہٕ یپارِ تہٕ منٛز چھُ انہِ گٹہٕ ہُند أنتھ روٗس سمنٛدر......"

پانہٕ یپارِ آسنُک تہٕ اکھ خوشوٗن دُنیاہ اپارِ آسنُک احساس چھُ تس اکھ روٗمأنی کفیتھ پأدٕ کران مگر ناتھ جی یُن تذبُذب چھُنہٕ روٗمأنی نوعیتُک۔ یہِ چھےٚ ذہنی کشمکش یوسہٕ تسنٛزٕ حقیقتھ چھےٚ تکیٲ زِ نہٕ صرف نوبستی منٛز مکانہٕ بناونہٕ ستی تہٕ نہٕ صرف گُن نیٚچوٕ دوٗر بدیشی نوکری پیٹھ گژھنہٕ ستی چھُ تس وُبوٗ دُر روٗ تھمُت۔ دراصل چھےٚ وونی تسنٛز زِندگیہٕ ہنٛزٕ نہجے بدلیمٕژ۔تس چھُ نوکری کٔرِتھ اخبار پٔرِتھ یا ٹی وی وُچھِتھ تہٕ وق پیٹھٕ پیوان۔ کینٛژھا زنانہٕ ستی کانٛہہ میٹھ کتھ باتھ کٔرِتھ تہٕ کینٛژھا تس ستی دونٛکھ دونٛکھ کٔرِتھ تہِ چھُنہٕ تس تسلا یوان یا باسان زِ تمی گُذٲر زِندگی بامعنے انداز س منٛز۔انہِ گٹہِ منٛز اکھ گاشہِ لے چھُ تِسنٛدِ خاطرٕ تسُند نیٚچوٕ یُس تسنٛزِ ذأتی ناکأمی ہُند مداوا یا پوٗر برٕ ہیٚکہِ ہے أسِتھ۔سُہ چھُ سونٛچان زِ لڑکہٕ چھُ زیادٕ دولتھ کماوان یا تژھن جاین گژھان یمہٕ خوبصورتھ چھےٚ۔ یہِ سونٛچنہٕ ستی چھُ ناتھ جی یَس کینٛہہ تسلا میلنُک امکان۔مگر تس چھُ پننہٕ نِس حالس تہٕ اِمکأنی کامیأبی یا خُشی درمیان انہِ گٹہِ ہُند اکھ سمنٛدر تہٕ دژینٛھ یوان۔ حال چھُس بے معنے رُٹین زِندگی تہٕ بے یقینی ہُند۔ مُستقبلُک بامعنے وعدٕ چھُس گٹہٕ ہنٛدِ "أنتھ روٗس سمنٛدرٕ" اپارٕ۔

وُہمہِ صدیہ ہنٛدِ بن سٔتمہِ اِٹھمہِ کلِن دٔہلِن منٛز یوسہٕ سِیأسی تہٕ سمأجی بے یقینی کشیرِ اندر روٗد تلان آس تہٕ یتھ نوٗیمِس تہٕ دٔہیمِس دٔہلس دوران پُرتشدُد بے چینی ہنٛزِ شکلہِ نتیجہ دژاو، یہِ افسانہٕ چھُ تتھ وۄتل وِنہٕ بے یقینی تہٕ بے چینی کُن اِشارٕ کران۔سماجس اندر موٗجوٗد ربوایتی ہم آہنگی پھُٹنکی وجہہ أسی نہٕ صرف مقأمی ٹٲکہِ مُلکی تہٕ بین مُلکی سطحس پیٹھ نموٗدار گأمتی۔ تہٕنٛد اثر کتھ کُنی پیٚو انفرأدی

زِندگیہِ پٮ۪ٹھ تہٕ خاصکر کأشرِس معاشرس پٮ۪ٹھ تتھ کُن تہٕ چھُ یِیمہِ افسانُک یہِ اکھ دۄر اُفتادٕ پرٕوار اِشارٕ کران۔ پیاری ہُنٛد اۭخری مکالمہٕ بوٗزِتھ چھُ ناتھ جی یَس باسان زِسو چھےٚ لیٚفہِ تلٕ اَنٛدرۍ اَنٛدرۍ ودان۔ سُہ مکالمہٕ چھُ وقتہٕ کِس تتھ روحانس پٮ۪ٹھ اکھ موثر کمینٹری یێمی اوتانٛچ بامعنے زِندگی زَن تہٕ راتوٚن راتھ بے معنے بنأوِمٕژ اۭس۔

پیأری چھےٚ ونان زِ یێلہِ کأنٛسہِ ہُنٛد زِندٕ روزُن فضوٗل آسہِ تێلہِ چھُ ہوچھمٕژ گاوٚن ہُنٛدی پأٹھی سو زِندگی تہٕ پجی ہٕشٕرٕ شرٛاکہِ تل واتہٕ ناوِنۍ تس احسان کرٕنَس برابر۔ افسانُک نمایاں کِردار ناتھ جی اوس اوتانۍ افسانہٕ کہِ مرکزی خیالس گتھ کران۔ پیاری اۭس خاموشی سان تہِنٛدِس سوچٕس حمایتھ کران۔ تس اۭس نہٕ پننۍ کانٛہہ الگ شخصیتھ۔ مگر اۭخرس پٮ۪ٹھ چھُ نَنان زِسو اۭس نہٕ ہُمی ہِنٛدِ کھوتہٕ کم حساس۔ پرٕژھێوٚن گرٕہٕنٛج دَگ چھےٚ تس شاید زیادٕ شدید۔ گأوچھےٚ توتانی لگہٕ ہار یوتانۍ دُوچہِ چھےٚ پتہٕ تمہٕ بچن کِنہٕ یِنس پٮ۪ٹھ رحم گرٕژھُن کیاہ گو؟ یێمن دون بأژن ہٕنٛز زِندگی تہٕ چھِنہٕ وونۍ اہم کأنٛسی ہِنٛدِ خأطرٕ۔ یِم کیاہ تسلاہ دِتھ کمہِ بہانہٕ روزن مُطمعین۔ افسانس منٛز چھُ زِندگیہِ ہُنٛد سوٗژرٕ لوکٹبن تہٕ معمولی منظرن تہٕ ژھوٚٹبن مکالمن اندر ووتلاوِنہٕ آمُت۔ مکالمن ہُنٛد مقصد چھُنہٕ کانٛہہ بوٚڈ فلسفہٕ وَنُن زِ یتھٕبن جُملن یا بجن ترکیبن اندر۔ بَلکہِ چھُ رُتبن واقعن اندر لوتہٕ وأے مزاح پأدٕ کرِتھ واقعن ہُنٛد contrast تیز کرنہٕ آمُت۔

"ہَلی چھکھ دۄیِم بسترٕ ترٛاوان" ناتھ جی یَن وونہٕ نَس کھۄژی کھۄژی۔

"ژٕ تہٕ آستہٕ میأنۍ ہے بسترس منٛز اژان۔"

"ژےٚ چھےٚ دِوتھ وٕژھمٕژ۔" پیاری کھوٚت پٔژی پأٹھی شرارتھ۔

ناتھ جی یَن دیُت اتھٕ ہتی ڈبکس ٹاس۔ "یہے تہٕ رۄدُم تماہ۔ زانٛہہ آسہِ ہی میأنۍ کتھ فِکرِ ترٛمٕژ......"

نہَ چھُ کانٛہہ واقع ورل یا مُہمل تہٕ نہٕ کانٛہہ مکالمہٕ علامتی۔ اکِہ عام تہٕ ریوایتی فیملی خاطرٕ چھُنہٕ رُٹین زِندگی ہُند رُٹین پھُٹراوُتھ امہِ نبر نیرُنک کانٛہہ اِمکان آسان۔ چھونہِ تہٕ پرٛھیٚنہِ زِندگی ہُند یُتھ صورتحال چھَنہٕ صرف نوبن کالنی یَن منٛز بوزنہٕ یِوان بٔلکہِ ازکل چھےٚ گُنجان آبادشہرن اندر رلُکن ہنٛز پر صرف فردن ہنٛز پیر۔ یِم لۄکھ زنتہٕ جلوٗسس ستی ستی پکِتھ تہٕ انفرأدی دولابن اندر گرفتار تہٕ سوتے متی چھِ۔ امہِ صورتحالہٕ منٛز نیرِتھ تہٕ انہِ گٹہٕ ژٔٹتھ گُنہِ گاشُک تلاش چھُ تِمن واریاہ دوٗر تہٕ غأرممکن باسان۔ اپاریم زوٗل ہیٚوٗے۔ تخلیق کارسٕنٛز نظر چھےٚ پنہٕ نِس زمانس وِحالہٕ کرِتھ تمہِ اپور تہٕ پیوان۔ سو چھےٚ وقتُک نبض وُچھان تہٕ صحی انداز لگاوان یگاہ کیٛاہ چھُ سَپدن وول۔ از اکوہمہِ صدی ہنٛدِس دوٚیِمِس دٔہلس منٛز چھِ نوجوان ترٛہن کامبن ترجی دِوان تہٕ تِتھی شوغُل منٛزہ ہیوان یِم تِمن دُنیاہَس پھیرٕ ناون۔ دُنیاہ چھُ وۄنی دپان اکھ گام بنیومُت۔ وۄنی نہ چھےٚ کأنٛسہِ امہِ ستی پأدٕ گأمژن مُشکلن خلاف شِکایتھ نہٕ امہِ ستی قرار راونُک افسوٗس۔ مول مأج چھِ کتہِ تام شُری کتہِ تام تہٕ شُربن ہنٛدی شُری کتہِ تام۔ وۄں گو از تہِ یِمن گُنٛبن یتھٕ کُنی چھلہٕ چھلہِ گرٛھنُک تجربہٕ گوڈنکہِ پھِرِ سَپدان چھُ صدمہٕ چھُکھ لگانٕے۔ چونٛکہِ وۄنی چھےٚ یہِ اکھ لابُدی حقیقتھ مانٕنہٕ آمٕژ اسلئے چھُ وۄنی صدمہٕ کم لگان۔ از برٛونٛٹھ وُہ ترٛہٕ وٕری اوس یہِ تجربہٕ انتہأیی دردناک تہٕ ادب تخلیق کرن والیو دِژ اتھ زیو۔ ہری کرشن کولن ''زوٗل اپأرِم'' تہِ چھُ تمہِ وِزِ اتھ صدمس ''مژر'' ونان۔ مژر تِہنٛد یِم کمہِ تام سوکھہٕ کِس تلاشس منٛز مُلکہٕ مُلکہٕ پھیران چھِ تہٕ تِہنٛد تہِ یِم امہِ کِس نتیجس منٛز گُنبر تہٕ پرٛژھنبر باوان چھِ۔ دوکھ چھِ دوشوے ٹلان زِندگیہِ ہُند توازُن راوِتھ متُن چھُ دوکھُک بوٚڈ وجہہ۔

''مژر'' افسانُک مرکزی واقعہٕ چھُ زِجولاس چھُ نیچوٗ بلہٕ مُلکہٕ نبر دژ اُمت نوکری خاطرٕ۔ پریشأنی چھَس زِ سُہ گوٚژھ بخیریت منٛزلس واتُن۔ نیچوٗ سُنٛد خأر

منگنہٕ خاطرٕ چھُ گرِ نیران، أکِس بڈِس مندرس منز نیاز ترٛاونہٕ خاطرٕ۔ دِلہٕ ہنٛزٕ چھےٚ سٹڑکہٕ تہٕ تِمن پیٹھ چھِ گاڑِن تہٕ لُکن ہُند رش۔ سُہ چھُ بسہٕ أکِس منز بہِتھ سونٛچان تہٕ اند ازٕ لگاوان۔ ہم سفرن مُتلِق پأدِل لُکن ٹریفک جامن تہٕ زِندگیہ ہندٮ۪ن مُتلقہٕ مسلن مُتلِق۔ گرِ پیٹھٕ مندرس تامُک یہِ سفر چھُ تسندِ خاطرٕ تیُتھے یُتھ زِندگیہ ہُند کانٛہہ منزِل طے کرنُک سفر أستھ ہیٚکہِ۔ تسُندٕ ژویہِ چھُ بلکُل انفرأدی قسمُک۔ یہِ سفر چھُ تِمس بے ترتیب تہٕ بے مقصد باسان۔ پننہٕ ورأے چھُس بیٚیہ لۆکھ یا پریشأنہٕ یا تہٕ مسلو نشہِ موٕکلی تہٕ بری باسان یا تہٕ بے پروا۔ بس چھےٚ جامن اندر روٹہٕ گژھان تہٕ اکھ لڑکی ییمہِ بار بار رُکہٕ ونہٕ بسہِ مُقابلہٕ پأدلی پکِتھ کُن واتنس ترجی دِیت مُت اوس چھُ سُہ (جو لال) دوی۪ہ ترٛییٚہ پھرِ سڑکہِ پکان وُچھان۔ یقین چھُنہٕ تِمس زِ بس واتیا برٛونٛٹھ کِنہٕ پأدلی پکان سو لڑکی۔ سڑکہٕ بنٛژتن واریاہ کئدل بنٛژتن مظبوٗط تہٕ خوبصورت یہِ سوٗرے چھُ تس باسان تیٚلی بامقصد ییلہِ انسان مطمعین تہٕ خوش آسہِ ییلہِ نہٕ تس اندرۆنی کشمکش آسہِ...... سُہ اوس زانان زِ ییٚلی أچھ یلہٕ آسن تیٚلی چھُ اِنسان کیٚنٛہہ ڈیٚشتھ ہیٚکان۔ ستی اوس یتہٕ سونٛچان زِ ییٚلہِ ڈیٚشتھ تہٕ فِکری ترٛنہٕ تیٚلہِ چھُنا جان أچھ وٹہٕ نیٚے!......'' سُہ چھُ مندر گژھان تہٕ نیاز ترٛأوِتھ گرِ واپس یِوان تہٕ پننہٕ نِس امہِ دوہہٕ کِس تجربس ووکھنے کران تہٕ نتیجہ کڈان زِ تسنٛز پرٛتھ کانٛہہ کأم تہٕ ووٚتھ ژھانٛڈھ تہٕ کوٗشش چھےٚ ژکہِ مژر تلِکیاز زِندگیہ منز چھُ تیٚوٗتاہ تضاد تہٕ اَخودغرضی زِ کانٛہہ منطق ہکو نہٕ اتھ پُشرِتھ۔ نیٚچُو چھُس دوٗرِ سمندر اپارِ کتھ تام مُلکس کسنٛز تام (یُس نہٕ دژٛ پیٹھٕ مان چھُ) نوکری خأطرٕ گومُت سو کھ ژھانٛڈنہِ مگر امہِ جرگژ کِنی چھُ سُہ پانہٕ دُکھی۔ سُہ چھُ زَن تہٕ کمہِ تام نا قابلِ فہم ڈرٛامُک نأظر۔ پانہِ دژٛ ایوو کیٚنٛہہ کال برٛونٛٹھ تیٚتھے پأٹھی سو کھ کِس تلاشس منز کشیرِ تہٕ ووٚنی چھُ دِلہِ اندر کشیرِ یاد پننہٕ کِنی دُکھی۔ گرِ واپس وأتِتھ

چھُس ننان زِرِکشا وول چھُ بہارِ پیٹھٕ دِلہِ رۆزی ژھانڈنہِ آمُت۔ تس باسیٚوو سُہ پننہٕ کھوتہٕ زیادٕ پننہِ نِس بلِس ہیوٚ۔ دۆپُن وتھنک گرُن چھُ یی۔ سُہ ہیکہٕ نہٕ اتھ مژرس روک لگأوِتھ۔ تٔمی تُلے یہِ "دوٚشوے اتھ تھوٚدتہٕ دِژون بلِس تہِ آلو مگر بلہٕ اوس خبر کر خبرٕ کتیٚو سمنٛدرَ روا پور توٚرمُت۔

ہیرِ کنہِ آوونہٕ کہِ یمہِ مجموعکی افسانہٕ چھِ کُنہِ نتہٕ کُنہِ پأٹھی افسانہٕ نِگار ہری کرشن کولنہِ زِندگی منز آمژِ بجہِ تبدیلیہِ یعنے کٔشیر ترٛأوِتھ ژلُن پننِس ستی تحریکی (inspirational) واٹھ تھوان تہٕ تتھ واقس کُن بلواسطہ یا بلا واسطہٕ اشارٕ کران۔ "زوٚل اپأرِم" افسانکی پأٹھی چھُ "مژر" تہِ گرٕ ترٛأوُن پننہٕ رِکس دأدِس وٚوکھنٕ کران۔ ووں گو یمن افسانَن چھُ 1990ہٕ بڑوٚنٛھم صورتحال بُنیاد، تمہِ پتک نہٕ۔ پتُک صورتحال چھُنہٕ ہری کرشن سِندِس افسانہٕ ادبس منز زیادٕ نمایاں۔ تمیُک وجہہ ییہِ بیٚیِس جایہِ وبٕتھناونہٕ۔ بہرحال تیُتھ واقأتی صورتحال یتھ افسانس اندر بڈتھ تہٕ بوٗلِتھ موٗجوٗد چھُ سُہ گو "اونٛگج"۔ تمہِ افسانُک ماحول چھُنہٕ وقوع لحاظہٕ کأشُر حالانکہِ تتھ اندر چھِ کِردار تہٕ مرکزی خیال کیو تمیُک وٕہراو دوٚشوے کٔشیرِ ہِندِس سمأجی سِیأسی تہٕ ثقافتی صورتحالس ستی قریبی تولُق تھاوان۔ یہِ افسانہٕ (اونٛگج) چھُ اِموکھِ تہِ کول سِندین افسانن منز اہم مقام تھاوان تِکیازِ یہِ چھُ اکھ مُکمل تہٕ اعلا درجُک فن پارٕ۔ مُکمل کأشُر کِردار آسنہٕ باوجوٗد چھُ یہِ افسانہٕ دُنیاہس منز کُنہِ جایہِ ہُند تہِ بُنیأدی اِنسأنی صورتحال پیش کرن والین افسانن لرِلوٚر گنٛزراونس لایق۔ یہِ افسانہٕ چھُ عالمی معیارس تام واتان۔

"زوٚل اپأرِم" تہٕ "مژر" افسانن ہُند فوکس چھُ کٔشیرِ یا دِلہِ اندر رُگنبرتہٕ پرٛژھبنٛرِ کہِ احساسہٕ ستی پِس حوصلہٕ گومُت کأشُر کِردار۔ تٔمِس کِردارس چھُ نیچو مُلکہٕ نبر بڈٕ نوکری تہٕ دولتھ کماونکہِ لالچہِ گومُت۔ "اونٛگج" افسانُک نُمایندٕ چھُ

دُسمن در'' ناوُک بٹہِ انجینئر مُلکہِ نبر افریقہِ کِس مُلکِ گھاناہَس منز کمہِ تام امریکی کمپنی ہنز نوکری کران۔ اُمس چھُ یہِ گوٚن احساس کہِ تُسند قبیلہٕ چھُ کشیرِ منز کڈِتھ بے گرِ کرنہٕ آمُت تیٚچ ذِمہٕ وار سیاستھ تہٕ تنگ نظر سماجی رِشتہٕ چھِ۔ کاشُر یار مجید وانی چھُن پننہِ کمپنی منز نوکری دِیاوِتھ گھانا انہٕ نووُمت۔ یِمن دون کِردارن ہِندی مُلاقاتھ تہٕ گُفتگوٗ چھِ کشیرِ دوٗر کشیرِ ہِندی حالاتھ بے نیازی سان وِچھناوِتھ تِہُند اثر پننہِ پننہِ آیہِ سمجنچ اکھ کوٗشش۔ ''اوٗنگ'' لفظُک استعمال چھُ افسانس منز مختلف جایَن تناظُرن منز سپدیومُت یِیمہِ ستی بٹہٕ مُسلمان رِشتن ہِندی وار یاہ تہہ چھِ کھُلان تہٕ خالص اِنسانی سطحس پیٹھ مسلہٕ گاشراونہٕ یِوان چھُ۔

گھاناہَس اندر چھُ سمندر بٹھس پیٹھ اکھ لاجونتی یا چھوئی موئی کُل یِیمکی پنہٕ وُتھر تہٕ لنجہِ اوٚنگجہِ ہِندِ معمولی چھہہِ ستی ژمان تہٕ نومان چھےٚ۔ سُمن تہٕ مجید چھِ مزاجہِ کِس ہِجس منز امہِ کُلہِ کِس نذاکتس تہٕ بٹہٕ مسلمان رِشتن ہِندِس نذاکتس مقابلہٕ کران۔ امی بہانہٕ چھِ کاشرِس مزاجس تہٕ عالمی سِیاستس منز کشیرِ لِتھہٕ ناونہٕ یِنس پیٹھ رائے زنی کران۔ تِتھی ہلکہِ پھُلکہِ حوالہٕ چھِ ساختہٕ لحاظہٕ افسانس منز ضمنی نوعیتکی مگر معنےٰ آفرینی لحاظہٕ چھِ تم اہم۔ مجیدس چھُ دُکھ زِ تِسندی زِ ماسٹری بأے اُسی بے قصور تہٕ لگی کشیرِ اندر حالاتن چھیٚپہِ۔ سُمن درِنی زنانہٕ چھےٚ بأے سُند ذِکر یِنہٕ ستی بربٕکہِ گژھان یُس بے قصوراوس تہٕ کرِتھ تہٕ مورِ ملی ٹٹو۔ سمنس چھِ گھاناچہٕ اَکِس سڈکہِ پکان کشیرِ ہنزن خوبصورتھ جایَن ہنز یاد یِوان تہٕ مجید ستی آسنہٕ کِنی چھُ سُہ تہِ جذباتی گژھان۔ اکھ اَکی سُند (دراصل اکھ اَکی ہِندِ مفروضہِ فرقہٕ وارانہٕ حیثیتُک) ملالہٕ تہِ چھُکھِ مگر اکھ اَکِس چھِ (ظاہر کرنہٕ ورأے) خأر تہٕ پژھان۔ وجہہ ''یارو منز اُسی (مےٚ سُمنس) زِ ےپزِی یار۔ اَکِس ییٚلہِ نہٕ وار آو مےٚ دِژ بیٚیس تھپھ......'' افسانہٕ نگارن چھےٚ کشیرِ اندر بٹہٕ مُسلمان رِشتن ہنز پس 90 نوعیت

وبڑھناونہٕ باپتھ اوٚنگج افسانچ مقأمیتھ مُلکہٕ نبر تھأوِمڑ یئتہٕ یہ حقیقتھ واضح کرِمڑ چھن زِیم ہکن اکھ اکس نش دوٗرِتھ،سیاستھ ہیکہٕ یمن ہٕندی جذبہٕ گراوٗ پھنأوِتھ تہٕ گراٹھنڈ کرِتھ مگر اکھ أکی سٕنز نفسیأتی تہٕ جذبأتی کمی پوٗرٕ کرنہٕ خأطرٕ یہٕندی باہمی تولقات ضروٗری چھِ۔ یہ ضروٗرتھ چھ یِم سمجان۔ کٔشیرِ اند رہیکہٕ یہٕنز وبڑھنے کُنہٕ جأنب دأرِیہ ستی مُتأثر گژھتھ مگر نبرٕ چھِ یم دوشوے کُنہٕ حدس تام بے لاگ یا بے نیاز سپدِتھ حقیقتھ زأنِتھ تہٕ مأنِتھ ہکان۔

اَسہِ وُچھ زِ ''زوٗل اَپأرِم'' سوٚنبرنہٕ ہٕندِ ہن کم از کم ترٛن اہم افسانن پیٹھ (زوٗل اپأرِیم، مڑرتہٕ اوٚنگج) چھُ کٔشیرِ ہٕندِ بن نمتہٕ پتہٕ کٕہن نامسأعد حالاتن ہُند اثر تہٕ افسانوی فنہٕ کٕہن کیٛژن بہترین وٚلن ہُند استعمال چھُ افسانن ہٕندِ مفہوٗچ جہت بڈ اوان۔ ہری کرشن کول چھنہٕ سرٕ کتھ ورل بناوان تہٕ علامتن یا استعارن ہٕنز زبأنی سو کتھ ونان یوسہٕ ساد بیأنی ستی زیادٕ موثر ترسیل پرأوِتھ ہیکہٕ۔ مگر امیُک مطلب گو نہٕ زِ تس چھنہٕ علامتُک تخلیقی استعمال تگان۔ ''پتہٕ لاران پربتھ'' پیٹھے چھِ أسی وُچھان زِ حقیقی سوٚتھرِس پیٹھ معنے ساوٗی أسِتھ تہٕ چھِ تِسندی کیٛنٛہہ موضوٗع (مطلب تفہیم) علامتُک جہت پرٛاوان تہٕ کیٛنٛہہ کِردار ٹایپ type أسِتھ تہٕ تمہٕ چہ حد بندی نبر نیران۔ تِسندِ بن کیٛژن افسانن ''تاپھ''، ''دٕ ہ آنہٕ شےٚ آنہٕ''، ''دِوتاتہٕ ڈأن''، ''یتھ راز دانے''، ''فوٹو'' وغأرن منٛز چھِ سانہٕ عام زِندگیہ ہٕندی عام تہٕ وٚیدی تفہیم نہٕ آمٕتی۔ کِردار چھِ گوڈنچہ نظرِ ٹایپ باسان مگر کولہٕ سُنٛد ورتاو چھُ فنکارانہٕ یُتھ کِردار سُنٛد اند روٗن تہٕ تِسُند رٔوِیہ مخصوص نوعیت پرٛاوان چھُ۔ تِتھے کٔنٛ چھِ تِسندی کیٛنٛہہ افسانہٕ یمن ہٕندِس ورتاوس treatment علاأمتی رنگ دِیُن تِہندِ معنے آفرینی خأطرٕ ضروٗری اوس۔ ''بٹن ہٕندِ خأطرٕ دھرمہٕ کتھا''، ''شمشان وأراگ''، ''پتہٕ لاران پربتھ''، ''پگاہ'' تہٕ ''ہأل'' افسانہٕ چھِ علامتی نوعیتکی۔ یمن افسانن ہٕنزٕ علامتہٕ چھےٚ نہٕ

ناقابلِ فہم وُٹھتھ یا مُشکِل تِکیاز یمن علامتن چھُنہٕ مُصنِف پنُن کانٛہہ معنہٕ دِنٕچ کوٚشِش کران۔ دۄ یمن لفظن منٛز ہری کرشنٛنۍ علامتھ چھُنہٕ تَسُند کانٛہہ انتہأیی پرایویٹ تجربہ وۄکھناونہٕ باپتھ گرنہٕ آمژ۔ ''ہأل'' افسانس منٛز چھےٚ دبد، سر یہٕ، شیٖن؛ واو، ژھٹھ، تُلہٕ کٹرٕ تہٕ افسانٕک راوی ''یہٕ'' سأری علأمتی معنہٕ تھاوان۔ مگر یم چھِنہٕ مُبہم ہلکہٕ مانوٗس علامتہٕ۔ افسانٕکۍ واقاتھ تہٕ کردارن ہٕندۍ رٕویہٕ دۄشوٕے چھِ علامتہٕ پُشرنہٕ پننہٕ ستۍ واضح کران کٲشیرِ اندٕ رسَپدٕ ےٚمتِن تمن حالاتن ہٕندۍ خدوخال یِم 1990 پتہٕ رۄنما سَپدۍ تہٕ یمو سٟتۍ زِندگی درہم برہم گیہ آبأدی ہُند اکھ حِصہٕ گوٚتی روٗزِتھ تہٕ وُجارٕ تہٕ آبأدی ہُند بیا کھ حِصہٕ آوتہٕ ژٕلِتھ جۆم تہٕ مُلکہٕ کِہن بیٚین حِصن اندٕ رچھکرنہٕ۔ چنانچہ مُصنِف چھُ تتہٕ ژٕلۍ ےٚمتِن لُکن ہُند المیہ ہاوان۔ افسانٕک راوی چھُ ''تمہٕ ژٕریہ''، ''واو ژھٹہ'' نِشہٕ بچنہٕ خأطرٕ ''دبد'' ہٹھ تہٕ ژۄلمُت۔ نرم شیٖنن رچھ یہٕ تِہنٛدۍ پٕدۍ سپنٛس پٮ۪ٹھ مگر تُلہٕ کٹرِس پٮ۪ٹھ گیس رِکن تہٕ ژٕلہٕ۔ گرٕ ھان گرٕ ھان ووت مأجہ ہٹھ کتھ تام بے انت سیکہٕ مأدانس منٛز۔ تتہٕ چھُ تمن کلس پٮ۪ٹھ دزان آفتاب یَسُند ترٛٲ راتہٕ اور تمن ژم زالہٕ تہٕ یُس تمن سارِوٕے بۆڈ دُشمن آسہٕ، چھُ یمن پننہٕ لاچأری ہنٛز داستان ونان۔ سُہ تہٕ چھُ پننہٕ بدقسمتی سٟتۍ پتٕنکۍ پأٹھۍ پننہٕ داوَن گنٛڈِتھ اسمانس منٛز الونٛد، مقأمی لوٗکن چھےٚ ووٗنۍ تِہنٛدِ ترٛٲ رچ ہأل گأمژ۔ وِنۍ چھےٚ راوی یَس تہٕ تِہنٛزِ دیٚدِ تہٕ گرمہٕ کزالیہ ہنٛز ہأل کرٕنۍ۔

دوست ماحول (خوشوٗن شیٖن) ترٛاوِتھ ووٗنۍ دُشمن ماحولس (دزٕونہٕ تاپہٕ ژٕنجِہ) ہأل کرٕنۍ چھےٚ راوی یَس تہٕ تِہنٛزِ ماجہِ قسمتس تِکیازِ'' آدمس بڑونٛہہ کنہٕ چھےٚ صرف زٕ وتہٕ یا ژالُن نتہٕ وولُن۔ ژالہٕ سُہ یَس ہأل آسہٕ تہٕ وولہٕ سُہ یَس نہٕ ہأل آسہٕ۔'' امہٕ سٟتۍ چھُ راوی ہأل کرنہٕ خأطرٕ پان (تہٕ پنُن قبیلہٕ) تیار کرنہٕ کِس حقس منٛز۔ کٲشیرِ نٮ۪ری ےٚمتِس آسۍ ہری کرشن کولس کاہوٕری گأمتۍ ییٚلہٕ یہٕ افسانہٕ لیوٚکھن۔

تنہٕ گیہِ از 2013 تام بِیہِ باہ وٕری تہٕ حقیقتھ چھےٚ وُنہِ تہٕ سوے۔ افسانہٕ نِگار سٕنٛز پیش نظر چھےٚ صٔحی ثأبِت گژھان۔ ووں گو امہِ واقع سٕتیٕ یُس ددارِ کأشرِس ثقافتس ووت تہٕ مُشترکہٕ میراث یِتھٕ کٔنی گال کھالتس کرنہٕ آو یا مشرفس حوالہٕ گژھان چھُ سُہ چھُ بۄڈ المیہ۔ افسانُک مُصنِف چھُ تتھ نوقصانٔس کُن اشارٕ کران۔ یێلہِ سُہ کٔشیرِ ژجوو دبد ےیأ ژٲس تسنٛز دولتھ تہٕ سأنٛطتھ۔ یور (گرمہٕ کرٛایہِ) أنتھ بچأون سوے یأ ژ مگر سو ہیکہِ نہٕ یہِ صدمہٕ زیٛادٕ کالس برداش کٔرِتھ۔ ’’دبد چھِ ووٚنی کیٛژن گرہن ہنٛز پۄژھی باے مگرمےٚ چھےٚ زہٕٹھ وأنٛس کڈٕنی۔‘‘ دبد چھےٚ مۄلہٕ کأشرِ زبان سمأجی رِوایتھ تہٕ تمدُن تہٕ اتھ آیہِ کٔشیرِ اندر بےحُرمتی کرنہٕ۔ کٔشیرِ نبر نیٚرِتھ چھنہٕ أمی سٕندِ زیٛادٕ کالس زِنٛدٕ روزنٕچ وومید۔ لہازا چھُ نہٕ مُصنِف سٕنٛدِ مُطأبِق بدلونہٕن حالاتن سٕتیٕ سمجھوتہٕ کرنہٕ علاوٕ چارٕ کانٛہہ اگرے بحیثیت حساس تہٕ ترقی پسند کأشُراسہِ زِنٛدٕ روزُن چھُ۔

یَتھ افسانہٕ مجموعس منٛز چھِ زِ تتھی افسانہٕ تہِ شأمِل کرنہٕ آمتی یِم شُرہن ہٕنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ آمتی چھِ۔ یِم چھِ میسورٕکس أکس ورکشاپس منٛز پیش کرنہٕ خأطرٕ کول صأبن لیکھی مٕتی۔ یِم چھِ پرٛتھ لحاظہٕ مکمل افسانہٕ ووں گو یہِ زن شُری ادبہٕ خأطرٕ لأزِم چھُ، یِہنٛدِ مفہوٗمُک درجہٕ تہٕ ترسیلُک معیار چھُ الگ۔ یِمن اندر چھُ تجٔسُس تہٕ مسلکُ سہل منطقی حل مدِ نظر تھاونہٕ آمُت۔ بہرحال چھِ یِم معیاری شُری ادبس منٛز گٔنٛزراونس قأبِل۔ یێتِہن نموکھنہٕ أسی یِم (فوٹوتہٕ نۆ وتوتمہٕ)۔

یِمو دۄیو افسانو علاوٕ چھِ زِ تتھی افسانہٕ یِم بقولِ مُصنِف ’’بڈٕ وٕنہہ تہِ میٛانہِ دوٚیمہِ سۆمبرن ’’حالس چھِ روٚتُل‘‘ منٛز چھپے مٕتی چھِ۔ یِم تھٔوی مےٚ زأنتھ مأنتھ (یَتھ) ژوٚرمہِ سۆمبرنہِ منٛز تہٕ اِکٔنی زِمیٛانہٕن افسانن منٛز چھِ شاید یِمے تم بدنصیب تخلیقہٕ یِمن پیٹھ کانٛہہ بحث یا تبصرٕ کرنہٕ آونہٕ۔‘‘ یِم زٕ افسانہٕ چھِ ’’پۆت وٕنٛدٕ‘‘ تہٕ

''وۄدُن''۔ ''وۄدُنؠ'' افسانہٕ اوس ''لأل مجنوٗن قصہٕ'' عنوانہٕ تتہِ چھپیو مُت۔ یتھ سۆمبرنہِ منز چھُن تتھی ناو بدلوومُت تہِ کیاژِ یہِ عنوان چھُنہٕ ''وونی مےٚ امہِ افسانہٕ باپتھ موزوٗن باسان۔'' (گوڈ کتھ) پننہٕ نیٚسے تخلیقس ناوٕ بدلاوُن یا تمہِ کِس متنس یا زبٲنی کانٛہہ تبدیلی کرٕنک پوٗرٕ حق چھُ مُصنِفس۔ بطورِ طالب علم ہیکو أسی کانٛسہِ لِکھأری سٕنزِ یژھِ نجہِ ہُند مُطالہٕ کٔرتھ تہٕ اتھ پتہٕ کنہِ تم عنصر مُشخص کٔرِتھ یموٚ کِنی یژھ تبدیلی ضروٗری آس۔ سُہ ہیٚکہِ اکھ الگ تنقیدی بحث أستھ یمہِ خٲطرٕ یہِ موقہٕ محل مُنأسِب چھُنہٕ۔



ہری کرشن کول چھُ کأشرِ افسانہٕ کِس توأرِخس منٛز اکھ سٮ۪ٹھاہ اہم ناو۔ یہِ ناو گو تمہِ وِزِ ظأہر یێلہِ نقادن تہٕ عام پَرن والین باسان اوس زِ افسانس آو جموٗد۔ ہری کرشنن دِیُت اَتھ نوٚون موضوٗعن تہٕ تازٕ نریشنگ وُشنیر۔ وُچھان وُچھان گیہِ اُمی سٕندی 'تاپھ'، 'دہ آنہٕ شٔے آنہٕ'، 'پگاہ'، 'شمشان وأراگ'، 'یتھ رازدانے'، 'زوٗل اپأرِیُم' افسانہٕ مقبوٗل تہٕ تمام بڈٮ۪و کأشرٮ۪و اُدیبو کیٚو نقادَو مون زِ ہری کرشنن کٔر افسانہٕ نوٚیسی منٛز اکھ نٔو طرح رأیج، یوسہٕ اکِہ طرفہٕ حقیقتھ پَسنٛدی ہٕنٛدٮ۪ن خوبصورت تہٕ دِلکش تفصیلن رأچھ کران أس تہٕ بێیہِ طرفہٕ جدید فِکشن کہِ تہہ دار معنویت ہٕتی نریشنس ہموأری بخشان أس۔ ہری کرشنٕنی افسانہٕ چھِ تٕسنٛدٮ۪ن ژون مجموعن 'پَتہٕ لاران پربتھ'، 'حالس چھُ روتُل'، 'یتھ رازدانے' تہٕ 'زوٗل اپأرِیُم' اندر شایع گأمتؠ۔ امہِ علاوٕ لیٚوٗکھ تٔمؠ 'ناٹک کٔرِو بَنٛد' ڈرامہٕ تہٕ ریڈیو ٹیلی وِژنہٕ خأطرٕ درجن واد ڈرامایم سٮ۪ٹھاہ مقبوٗل گیہِ۔ 'یتھ رازدانے' پٮ۪ٹھ آو تٔمس ساہتیہ اکادمی ایوارڈ دِنہٕ۔ امہِ علاوٕ چھِس رِیاستی کلچرل اکیڈیمی تہٕ کیٛژٕ وقومی ادارو انعامہٕ تہٕ اعزاز دِتؠ متؠ۔ سُہ اوس اٰخرس تام ہندی یَس منٛز تہِ افسانہٕ، ڈراما تہٕ قابلِ توجہ تنقید لیکھان۔ سُہ زاو سری نگرٕ 1934 ہَس منٛز تہٕ 2009 ہَس منٛز گو دِلہِ انٛد رسور گواس۔

رتن لال شانت چھُ کأشُر افسانہٕ نِگار، ڈراما نوٚیس تہٕ نقاد۔ تٔمؠ چھےٚ کُل 30 کِتابہٕ شایع کرِمژٕ یِمن اندر 21 کأشرِ تہٕ 9 ہندی ہیٚچہِ چھےٚ۔ تٕسنٛزن کأشرٮ۪ن کِتابن منٛز چھِ کیٚنہہ یِمہٕ 'ترٛکوٗنجل'، 'ژھٮ۪ن' (افسانہٕ)، 'کأشُر افسانہٕ : از تہٕ پگاہ' (تنقید)، 'البیرونی سُنٛد ہندوستان ترٛیٚے بێنہٕ'، 'دلل دبد' (ترجمہٕ)، 'کأشُر افسانہٕ : منٛزل تہٕ مُنار' (تنقید، زیرِ طبع)۔ امہِ علاوٕ چھِ تٔمؠ سٕندی ہٕتی تنقیدی مضامین مختلف رِسالن اندر چھپےٚ متؠ۔ ہندی یَس منٛز چھِ تٔمؠ سٕنٛز کِتابہٕ شأعری، تنقید، ترجمہٕ تہٕ لوغت کأری ہنٛزٕ۔ تٔمِس چھُ ساہتیہ اکادمی، کلچرل اکیڈیمی، سی آئی آئی ایل، میسور، ہندی انسٹی ٹیوٗٹ لکھنو، ہندی ڈایریکٹوریٹ دِلّی تہٕ کِتیٚو پبلک کٕو پرایویٹ ادارو طرفہٕ اعزاز دِنہٕ آمتؠ۔


ISBN : 978-81-260-4629-4

**Hari Krishan Kaul**

(Kashmiri)


ساہتیہ اکادمی

₹ 50